# مآلِس سٕنز چیٹھٕ۔ کورِ ہٕندِ ناوٕ

## جواہر لال نہرو



جموٗں اینڈ کشمیر اکیڈمی آف آرٹ کلچر اینڈ لینگویجز سرینگر

سنہ ۱۹۸۹ء

جواہر لال نہرو

# مٲلِس سٕنٛز چِٹھ - کوٗرِ ہٕنٛدِ ناو

کٲشُر ترجمہ

ناجی مُنوّر

جموں اینڈ کشمیر اکیڈمی آف آرٹ کلچر اینڈ لینگویجز سرینگر

سنہ ۱۹۸۹

# فہرست

# عرضِ ناشر

جواہرلال نہرو صدی جشنٕکِس موقعس پیٹھ چھےٚ ساٹنی اکادمی
اکھ لوکُٹ گوٚ لاب ٹوٗر رٕہِتھ تِہُنٛدِ بیٚنٛہ خراجِ عقیدت پیش کران۔ نہرو
اوس اکھ شہ کأشُر یس کٔشیرِ ہُنٛد اَمار اوس۔ کأشِرِ پأٹھۍ چھ وَنان زِ ہرگاہ
کأنٛسہ مَرِن وأرِس کأنٛسہ زِنٛدٕ روزَن وألۍ سُنٛد اَمار آسہِ۔ شہ چھُ شرانہٕ پیٚچہ
پیٹھ تہٕ تٔمِسٕنٛد درشُن کرنہٕ خأطرٕ بیٚنٛہ موردٕ اَچھ مٔشراوان۔ جواہرلال
اوس کٔشیرِ ہُنٛد یٖتھے تعشوق۔ تہٕ تٔمِس چھِنہٕ خبر زِ بیٚنٛہ امانتھ دِنہٕ کِسن
دوٚہَن منٛز اوس تٔمِس کٔشیرِ ہُنٛد غمم آولنکِہ پأٹھۍ گٔتہٕ گیوٗر کرناوان۔ بہرحال
اَتھ کنِتھ چھُنہٕ کانٛہہ شک زِ وَقتَن ییٚم پرٕہیز لوٗنی لال تہٕ جواہرکٔشیرِ ہِنٛدِس
برٕمتن دامانس وِز وِزِ جٔرۍ، تِمَن منٛز چھُ جواہرلال نہروُ سُنٛد خوبصورت
تہٕ مہذب، دانشور تہٕ ادیب بُتھ ہِسٹھی نیٚپہٕ نیٚپہٕ کرن وول۔ نہ کٔرِ تٔس
زانٛہہ کٔشیر فراموش تہٕ نہ ہیٚکہِ شہ سانہِ توأریخکہِ نبابہِ نِشہِ الگ سٔپدِتھ۔

جواہرلال نہرو ہٕشرزَن نوٚمَن چیٚھٹِین ہستیٚن منٛز چھُ معاصر ہِندوستانٕکۍ
نہٕ وزیرِ اعظم تہٕ زِ توأریخ ساز وأٹھتھ۔ یہِ چھُ یِمَن توأریخی بجر دِنہٕ خأطر

کأنی ، مگر یمن ہُنٛد اصل عطر چھُ جواہر لالُن نثر لیکھنُک سۭتھ وُن انداز تہٕ اسلوٗب ۔ سُہ چھُ پانسَے وَنان زِ تَس نے پننہِ بَجہِ ہمیشہ تہٕ زیادٕ نخرل وٲیبہٕ ( Mistress ) یعنی سیاستَن نال آسہٕ ہیے وۄلمت سُہ کرہٕ ہے پٔتھ چھیٚڑ لیکھنَس کُن زیادٕ توجہ ۔ یِم چھِ چھپٕے از بٔرو نہہ برابر شیٚٹھ وُری لیکھنہٕ آمٕژ ۔ یمن منٛز بیان کرنہٕ آمتس عِلمس چھُ تِنہٕ پٮ۪ٹھٕ ہٕرہٕ ہر گومُت مگر تِہُنٛد انداز تہٕ اسلوٗب تہٕ زبان تہٕ بیان چھُ از تہٕ تِتھے سرسبز تہٕ ساداروار ییتھ تیلہٕ اوس ۔ زَن تہٕ کھیلہٕ وُبھٕرَن پٮ۪ٹھ شبنم ۔ یہ چھپٕے عِلمس پٮ۪ٹھ قلمیچ تہٕ سائینسس پٮ۪ٹھ فنکارٕ سُند ترٛی ۔ اَمہ ترجمہٕ سیتی گژھہ نہرو سٕنٛز اَکھ مٔرِچ خوٲہش پوٗرٕ ۔ بییہ سپدہ سانین شُرین اَکھ بٔڈ تہٕ پَزر خاطرٕ اَکھ خوان نعمت میسر ۔ انشاءاللہ نوٚو وُریہ ییٚلہ کاشُر مدرسَن منٛز بَرناوُنٕک رٕتھ کارٕ ڈُلابہٕ سپدہٕ تمہِ وِز روٗز یہ کتاب وارِیاہ لگہٕ ہار ۔

**محمد یوسف ٹینگ**

سرینگر - ۱۴ ، نومبر
نہرو ڈے

# ترجمہ کارٕ سٕنٛد طرفہٕ

پنڈت جواہر لال نہرونہٕ یتھ کتابہِ کریاو مےٚ سنہ ۱۹۶۲ ہس منٛز
ترجمہ ییٚلہِ تِم حاٲے حیات آسی۔ ییٚلہِ مےٚ تِمَن اَتھ مُتعلق چِٹھہٕ مَن
لیچھی، کینژٕ دۄہہ آیہٕ قومی اخبارَن منٛز اَمہ کامہ ہٕنٛز خبر تہٕ بہٕ آس
کشیر ہٕنٛدِس تعلیمی مشیر مرحوم خواجہ غلام السیدینس نِش
بلاونہٕ۔ پنڈت جی ین اُس تِمَن یٔمہ کتابہِ ہٕنٛدِ اشاعتُک
ذِمہ وٲری پُنٛنہٕ اوہن۔ تِمو کرنوٚوس بہٕ اَتھ پیٚٹھ زیادٕ محنت
جناب رحمان راہی یَس اَتھ کرنوٚوکھ اَتھ ریوو۔ کتاب قابلِ
اشاعت زانِتھ لیچھ پنڈت جی ین منظوری ہٕنٛز چِٹھۍ۔
تہٕ مہربان سپدِتھ کٔرکھ کتابہِ ہٕنٛز رایلٹی تہٕ معاف۔
مگر سیٹھا پَتہٕ جناب سیدین صابَس کشیر تراوِتھ
امریکہ گژھن تہٕ کتاب پییہٕ طوالتس منٛز۔ اَمہ پتہٕ کٔر مےٚ اَمہ کہٕ
اشاعتہٕ خاطرٕ وارہ کوشش مگر ممکن سپُد نہٕ۔

ووٚنی ییٚلہِ پنڈت جیُن تِہنٛز وہرٕ وود تُہُس
سنہ ۱۹۸۹ ہس منٛز مناونہٕ چھُ یوان۔ میانہٕ کامہ ووٚلتھ شِتوٚہ
وُہرہ بوٚج تہٕ کتاب واتہٕ نوِ سرٕ بروٚنٛہہ کُن۔

ناجی منور

کاپرن۔ جُلے ۱۹۸۸ء

# سرنامہ

یِمہٕ چِٹھۍ چھےٚ میانہِ کورِ اِندرا یہِ ہِندِ ناوٕ ۱۹۲۸ہکِس
گرٛمہٕ کالس منٛز لیکھنہٕ آمٕژ۔ یِہٕلہ سۄ مسوری منٛز ہمالیہ ہس
پیٹھ اُس تہٕ بہٕ اوس یوٗن پاٹھلس منٛز۔ یِمہٕ آسہٕ
اَکِس لوٕکچہِ کورِ ہِندِ ناوٕ ذٲتی چِٹھۍ یِوسہٕ داہ وٲرِشی
اُس۔ مگر دوستو (یِہِنز نصیحژ بہٕ قدر کران چھُس) وُچھ
یِمَن منٛز کینٛہہ خوبی یہِ۔ تِموٕ کوٗر یہِ تجویز زِ بہٕ تھاو کٕہ یِمہٕ زیادٕ
کھوٗتہٕ زیادٕ لوکَن برٛونٛہہ کنہٕ۔ مےٚ چھنہٕ خبر زِ آیا باقے لُکہٕ
تہٕ کورِ تہٕ کرِنا یِمَن پسند۔ مگر مےٚ چھےٚ ووٗمید زِ ییم لوکھ نومن
چِٹھَن پرَن تِم ہیٚن وارٕ وارٕ یہِ تھ۔ پنٕنِس دُنیاہس مُتعلق
سوچن یِس قومن ہِنٛد اکھ بوڈ گرٕ چھُ۔ مےٚ چھےٚ پَنٕنہِ ووٗمید
(اگرچہ کینٛژھاہ خدشہٕ تہٕ چھُم) زِ تِمَن سپدِ نوٕ میہٕ چِٹھۍ پرٕنہٕ
وِزِ سۄے خۄشی، یوسہٕ مےٚ یِمہٕ لیکھنہٕ وِزِ اُسمٕژ چھےٚ۔
یِمہٕ چِٹھۍ چھےٚ ہَتگہ تہٕ ہَتگہ اندس واتان۔ زبوٗچھ

گرمہٕ کال گوٚو ختم۔ اندرا یہِ میوٚن بالوٚ پیٹھٕ واپس وٕسن۔ تمہِ
سِنٛدِ خاطرٕ اُسٕ سنہ ۱۹۲۹ ءکس گرمس منٛز مسوری یا بیٚیہِ کانٛہہ
پہاڑی جاے۔ پتہٕ میوٚن تیٚمیوٚ چِٹھوٚ ییٚمہٕ چھُ نوٚو زمانہٕ شروٗع
سپدان تہٕ تِمہ چھےٚ یِنہٕ شایہ ییٚمےٚ الگ ہیٚشہ یاسان۔ مگر مےٚ چھےٚ
تِمہ تہٕ شامل کرِ مٕژ تکیازِ مےٚ ییٚمہ یِمن ہٕر یِہ کرنک کیٚہ موقہٕ۔
مےٚ چھُ یہِ احساس زِ یِمہ چیٚھٹھ چھےٚ انگریزی پاٹھۍ تہٕ
یِمن ہیٚنٛدِ اثرک دٲیرٕ چھُ محدوٗد مگر وُشفہٕ چھُ سورٕے
میوٚنۍ۔ بٕ ہیٚکہ یِمن ترجمہ کرناونہٕ سیٚتہ یِہ کٔمی پوٗرٕ کٔرِتھ۔

الٰہ آباد

جواہر لال نہرو

نومبر ۱۹۲۹ء

# دوٚیِمہ چھاپک مُقرنامہ

ییٚلہِ مےٚ یہ فائصلہ کوٚر زِ یِمہ چھپِتھ تھاوکھ بۆ لوٗکن ہِندِس ئدٕس خلقس برٛونٛہہ کنہِ۔ مےٚ کریاو تامُلے۔ تِکیا زِ یِمہ آسہٕ نہٕ اَمہِ غرضہِ لیکھنہٕ آمٕژ۔ مگر سۄ خوشامدیہ لیُس مہربان اخبارَو تہٕ مہربان لوٗکو یِمَن کوٚر تمہِ سیٹھاہ سُپد مےٚ حوصلہٕ یادٕ بیٚیِہ گےٚ میانی نسخہ تہٕ وَہمہٕ ختم۔ وارہ وَق گوٚ نہٕ گۄڈنیک اڈیشن گو ختم تہٕ یِمَن چھپِتھن ہنٛدِس لیکھن وائس تام روٗزنہٕ کانٛہہ کاپی۔ نوٚوے چھپُن یِوان وۄنی دوٚیُم اڈیشن کڈنہٕ۔ کیٚنژن لۄکٕچن غلطین آیہ دُرستی کرنہٕ۔ نَتہٕ چھپنہٕ یِمَن چھپِتھن کانٛہہ ردوبدل کرنہٕ آمُت۔

بُنس خوشامدیہ یِتھہ لۄکچہ کتابہ کرنہٕ آو تہٕ تمہِ سیٹھہ کوٚر مےٚ حوصلہٕ یادٕ۔ مےٚ سوٗنچ زِ بۆ کرہ یِمَن چھپِتھن اضافہ۔ مگر کیٚنہہ ور خوتوٚنہِ (Jealous mistress) سیٹھ چھُم واسطہٕ پیومُت۔ تیٚنژن خدمتہٕ چھےٚ مےٚ باقے ماملَن کُن سَنہٕ نَس

مےٚ موقہٕ دِوان۔ پرٛس ہیٚلہٕ بہٕ نینی تال جیل گیوس، مےٚ پیوٚ اَتھ
کیچھہٕ کٔرن ہٕبیہٕ ظٕوٕن۔ وَقت تہٕ اوسمہٕ کم کیٛنٛہہ۔ مگر جیلہٕ چھٕنِ چھٕٹھین
چھُنہٕ تسلسُل روزان۔ نہ چھےٚ جیلس منٛز حوالہٕ دِنہٕ خٲطرٕ کتابےٚ
بیٚٹھان۔ یُدٕ کینٛہہ چھےٚ بہٕ زٕ میون ذہن اوس توٲریخ لیکھنہٕ کہ
خیالہٕ سیتھ بٕرِتھ۔ یوسہٕ ہِندُستانس منٛز وِزٕ وِزٕ بنان اُس۔
بہٕ ہیکہٕ ہانٛتہ گُذرِ ییمتِس زمانس سیٚٹھاہ سوٚنچِتھ۔ یہٕ دراس جیلہٕ
منٛز تہٕ اکہٕ ہفتہٕ غٲر حاضری پتہٕ پیوم بییہٕ جیل گژھُن تہٕ
بییہٕ گےٚ رِتہٕ وادٕ ژلان۔ تیٚہُنٛس اَکہٕ میہ جنوری کوٚر مےٚ نوٚ
وٲری یہٕ خاطر ارادٕ زِ نوہہ چیٚٹھ تھاوکھ بہٕ بروٚنٛہہ کُن تہٕ جٲری
بہٕ پواکس اَتھ مسلس منٛز بروٚنٛہہ تہٕ۔ مگر سیٚتی شتہ وُہ جنوری
آس بہٕ یِلہٕ ژھاوِنہٕ۔ گرٕ مالومُو تہٕ لگہٕ مسلن ہِندی گردابن پھسوٚوُس
بہٕ پتہٕ نیس آولینس منٛز تہٕ پھِر نوٚوِ نس اورٕ یور۔ مےٚ ہیوٚت بییہٕ
سکو تس تہٕ جیلہٕ کو نچس ژارُن بیٚچھ زَن یہٕ کام برونٛہہ پکہٕ۔

اَتھ دوران ہیٚژٕن اِندرایہٕ گژھنہٕ خبرٕ یہٕ ہیکا اَمہٕ
سِٹرس بڈنس سیٚتی سیٚتی اَمہٕ شنٛد علم ہیٚرِ راوٕرِتھ۔

جواہر لال نہرو

الہ آباد

اکتوبر سنہ ۱۹۳۱ء

# ١- قوُدرٕتُچ کِتاب

ییٚیلہٕ ژٕ تہٕ بٕہ یکوٹہٕ چھِہ آسان ژٕ چھکھ مےٚ عمومن وارِیاہن
چیزن مُتعلِق سوال پرٕژھان تہٕ بٕہ چھس تِمَن جواب دِنٕچ کوشش
کران۔ وونی چھکھ ژٕ مسوری بٕہ الہ آبادٕ۔ سوکیتہ بانتھ چھینہ
وونی مُمکن۔ وونی آسے بٕہ ژٕ ے مُلکٕچ زمینہ ہنٛز تہٕ وارِیاہن
تِمَن لُکھٕ کٕین بٔڑین مُلکَن ہنٛز دلیلہ لیکھان یِمَن منٛز یِہ زمین باگرِتھ
چھےٚ آمٕژ۔ ژٕ ے چھیہِ کم زیادٕ ہِندوستانچ تہٕ برطانیہِ ہٕنٛچ توارِیخ
پرٕمٕژ۔ برطانیہ چھُ اکھ لۄکُٹ زُو تہٕ ہِندوستان یُودوَے اکھ بوٚڈ
مُلک چھُ مگر یِمہٕ زمینہٕ ہُنٛد چھُ اکھ لۄکُٹ حِصہٕ۔ اگر اَسہ کم زیادٕ
یِتھ پٔتہٕ پتہٕ دُنیاہس مُتعلِق زانُن یِژھو، اَسہ پرٕ ساری نے مُلکن ہِندِ ین
سارِنے لُوکَن مُتعلِق سوٚنچُن بہٕ زٕ اکہ لۄکٕٹہ مُلکُک ییٚتہٕ اَسہ زانٕتھ آسو۔

مےٚ چھُ پتہٕ خدشہ زِ بٕہ ہیکے یِنہ نیٛن نوٕمَن خطَن منٛز
کٔہِ ہیٚتَن وٕنِتھ مگر وونید چھم زِ تِتھ کِہہ بیے منٛز باسی ژٕ ے
دِلچسپی تہٕ کُلہِم باٹھی ہیکھ ژٕ دُنیاہس مُتعلِق سوٚنچِتھ۔ تہٕ ییٚین

لوکن مُتعلق تہٕ ہیٚم اَسہِ بٔنِنہٕ تہٕ باے چھےٚ۔ ییٚلہِ ژٕ پٔڈ گرٛٹھ کھٕ ژٕرٕ گہ
زمیٖنہٕ ہٕنٛزٕ تہٕ اَمہِ کیٚن لوکن ہٕنٛزٕ دلیٖلہٕ معہ چھِنٛ کِتابن منٛز۔ ییٚمہٕ نادلہٕ
ژٕنِنہ پٔرِتھ آسہِ نَہ تہٕ تِمو کھوتہٕ باسہِ نٕے تِم زیادٕ مزٕ دار۔

ژٕ چھکھ زانان زِ سانٛنہِ زمیٖن چھےٚ سیٹھاہ پرٛٲنۍ۔ لچھہ بدو
وٕری پرٛٲنۍ۔ وارا ہَس کالس چھِنہٕ اَتھ پیٹھ زُناوارٕ مردٕ بسان
آسی میتو۔ انسانن ہٕنٛدِ ییٚنہٕ برٛونٛہہ آسی اَتھ پیٹھ چھِرا حیوان
روزان۔ حیوانو برٛونٛہہ اوس اَکھ وَقتاہ ییٚلہِ نہٕ کُنہِ قسمٕچ زندگی
زمیٖنہِ پیٹھ آس۔ زمیٖن یِس از ہر قسمہٕ کیو حیوانو تہٕ انسانو سیتھ
بٔرِتھ چھےٚ یہِ اندازٕ کرُن چھُ مُشکل زِ یِمو ورٲے کیاہ آسہِ ہے یہِ زاہ۔
سائنس دان تہٕ تِم لوکھ یِمو اَتھ پیٹھ چھُ سوچمُت، چھہ آسہِ وَنان
زِ ییٚلہِ سانٛنہِ زمیٖن تژٕ تأوِمٕژ آس، کُنہِ قسمٕچ زندگی ہیٚکہ ہے نہٕ
اَتھ پیٹھ دٔرِتھ۔ اگر اَسی تِہنٛزٕ کِتابہٕ پرٕٛو، بٔنِیہِ شیلہٕ تہٕ پوٚک
گٔنٛزٕ ووچھوکھ، اَسی نہِ وَنو زِ کیتھ چھےٚ تِمَے آسمٕژٕ۔

ژٕ چھکھ کِتابن منٛز تواریٖخ پرٛان مگر پرٛانہٕ زمانہٕ ییٚلہِ انسانہٕ
سُنٛد وجوٗد ے اوس کانہہ کِتاب ہیٚکہ ہے نہٕ ژیٚنٛزٕ کرِ پٲٹھ آسی تھٲے۔
اَسی کیتھ پٲٹھ میکوٗ زانِتھ زِ تَتھ وِزِ کیاہ چھُ سپُدمُت۔ اَسی ہیکَو نہٕ
بہِتھ تیٚر پیٹھ کُنہِ چیزٕ کِس قیاس کٔرِتھ۔ ہرگاہ اَسی نۍ قیاس کران
گٔےیہِ کیٚنٛژھا آسہِ بُجتھ یِیہِ اَسی گرٛٹھ ھوکم کم بادشاہ کیتھ پٲٹھ بناوان۔

مگر تہٕ آسہِ پوٗز تِکیازِ تِمیُک دار و مدار چھُ یِنہٕ کُنہِ تحقیقس پیٹھ
آسان یِیہِ اَسہِ و وچھنہٕ آسہِ۔ بہرحال پرٛانہِ زمانہٕ چہِ کتابہٕ چھِنہٕ اَسہِ
لیٚکھِتھ مگر خوش قسمتی کِنہِ چھِ اَسہِ تِتھہِ کینٛہہ چیز ہیٚم اَسہِ
تہِتھے پاٹھۍ چھِ دلیلہٕ وَنان یِتھہِ کُنہِ کتابہٕ وَنان چھےٚ۔ اَسہِ چھےٚ
شیلہٕ نہٕ بال، سمندرن تہٕ نارکھ، دُریاو تہٕ سیٚکلہِ تہٕ بٮ۪یہ پٔرٕ انِن
حیوانن ہٕنٛدۍ پوٗگ[۱] گژھنہٕ، ہیم نہٕ دوٚ ہیٚم ہیٚتی چیز چھِ زمینہِ ہٕنٛزن
پرٛانِن دلیلن ہنٛز کتابہٕ۔

مگر یِمہٕ دلیل سمجھنہٕ خاطر چھُنہٕ یہِ دٔرس طریقہٕ زانُن پروٗ
صرف بٮ۪یِن لوٗکن ہنٛزے کتابہ بلکہ گژھِ پانہٕ اَتھہٕ قوٗدرتیچ کتابہ
سٔنٛز۔ یِتہِ چھےٚ وومید زِ ہیٚچھکھ جلدے شیلو تہٕ بالو پیٹھ رٔژ
دلیل پرٛنۍ۔ اَنداز کرِکھ محسوس کٔرو وُنی دلیل چھےٚ یہِ۔ یِتھہِ کانٛہہ
کُنہِ پھٔلی ہٕن لیٚسہٕ ژٕ وٕتہِ پیٹھ یا بالہٕ داٮ۪منس تَل وُچھان چھُکھ آسہِ
اَمہٕ کتابہٕ ہُنٛز اَکھ صفہ ہٕن یہِ وَنی ژٕ ہیٚکہِ کینٛہہ نَتہٕ کینٛہہ اگر ژٕ ہیٚکہِ یہِ
پرٛنِتھ نگی۔ اردو ہندی یا انگریزی یا کانٛہہ زبان پرٛنہٕ خاطر چھےٚ کوٗرٕ
تِہنٛز اَچھر زان کرٕنۍ پیوان۔ کُنِن تہٕ شیلن ہنٛز کتابہٕ منزٕ اَرچ دلیل
پرٛنہٕ خاطر پیٚزی ژٕ یِمہٕ قوٗدرتیچ اَچھر زان کرٕنۍ۔ اَز تہٕ آسکھ ژٕ
کم زیادٕ زانان زِ یہِ کیتھہِ کُنہِ چھِ پرٛان۔ اگر ژٕ اَکھ دُمٲم تہٕ چمکدار

---

۱ـہ Fossils.

کنہِ پھٕلۍ ہِن وُچھان چھکھ۔ کیاہ سۅ چھےٚ نا ژےٚ کینہہ وَنان؟ یہ
کنہِ یا ہٕٹھۍ بنیو گول ہموار تہٕ چمکدار بنیہ کوٗتُجۍ ورأے؟ اگر ژےٚ
اکِس بجہ شیلہِ لعٕ کینژھ ٹکرٕ کرکھ۔ پرٕ یچھہ کانہہ ٹکرٕ آسہ پھُٹرُتھ تہٕ
کوٗتُجل۔ یہ آسہ نہٕ ہرگز تہٕ ڈٕلمُت تہٕ ہموار کنہِ چھوٗل۔ یچھہ کیتھ کنہ
بنیو یہ ہموار، چمکدار تہٕ گول۔ اگر ژےٚ وُچھوتھ اَچھ تہٕ یوزِ وُنی کن
آسنہٕ یہ وَنی ژےٚ پننہٕ دلیل پانے۔ یہ وَنی ژےٚ "اکھ سمیا
ہشاگ اوس، تتھ گوٚ داراہ کال، بییلہ یتہِ اوس اکہ شیلہ ہٕنٛد ٹکرٕ
تمی ٹکرٕ کرِ یاہٕٹھو بیٛس اکِس بجہ شیلہِ یا کنہِ پھُٹراوِتھ بنیہ۔ مٕہ ٹکرٕ
اوس داراہ کوٗتُجل۔ ممکن چھُہ یہ آسہ کینژس کالس کنہِ بالہٕ دامنس
تَل روٗدمُت۔ پَتہٕ آسہ روٗد یِوان تہٕ یہ آسہِ کنہِ لعٕ کچھہ وادی
تام واتنووُمت۔ تَتہِ چھٕٹہٕ آسہ یہ کنہِ بالہٕ کھولہٕ دکہِ دان دکہِ دان
لوکِس دریاوس تام واتنووُمت۔ لوکٕ دریاون نیوو یہ بڑس
دریاوس منز۔ یہ آسہ دار بایہِ کالس دریاو ژھکِس تلے
ڈلہِ وان روٗدمُت۔ یوٗتام اکو کوٗتُج آسہ ہِن کنہٕ آسو تہٕ پھُٹر
سطح آسیس ہموار تہٕ چمکدار بنے منز۔ یہ بنیو سہ کنہِ چھوٗل بیٛس ژےٚ
وُچھان چھُکھ۔ یہ آسہ ہے دریاون یچھہ ترٛوومت تہٕ ژےٚ لوٗ یتھ
اگر اکھ دریاو بڑ ونہہ بکہ ناو ہے تہٕ یہ گژھہ ہے نکان نکان تہٕ
پوٗتس بنہِ ہے یہ سیکہ پھٕلۍ ہِن تہٕ رٕلہ ہے سمندرس منزس بیٚچھ

پَینۂ ہن بایَن سیسترٛ ننۂ بَناوِہے اَکھ نُنشِ بون شُدرِ، بوٗٹھ یَیتہ لوکیٹھ

شُرِہو گِنڈِ ہِن ننۂ سییکہِ ہیندی قِلۂ آسیۂ ہَن بَناوان۔

اگر اَکھ کِنیہ پھوٗل وَتی ژٹے ییشرِ دِلپل تیٗلِہ کو تاہ ہیکوٗ

اُسو ہیئیچِیتہ شیلو، بالوَ ننۂ باقے جِیزونِش ہیم اُسو پانِس

اُندی ئیکھو وُچھان چِچِکھ۔

# ۲- اِبتدائی توارِیخ کیٚتھ کٕنۍ آیہ لیکھنہٕ

راتھ چھیٚٹ منٛز چھےٚ مےٚ وۄنی ونٛمت زِ اَسہِ چھےٚ زمیٖنہِ ہٕنٛز پرٲنۍ
دلیٖل قُدرتہِ چہِ کتابہِ منٛز پَرٕنۍ۔ اَتھ کتابہِ منٛز چھےٚ پرٛیتھ کانٛہہ چیٖز
یوان، یُس تہٕ پانَس اَنٛدر پکھٕ وُچھان چھکھ۔ شیٖلہٕ تہٕ بال،
وادی بیٚیہ تہٕ دَرِیاو، سمنٛدر تہٕ نار چھکہٕ وُنۍ بال بیٖتر۔ یہ کتاب چھےٚ
اَسہِ برٛونٛٹھ کنہِ ہمیشہ مُنٛز رٕژھ آسان۔ مگر اَسہِ منٛز کیٚتیاہ کم لوکھ
چھہِ اَتھ کُن سَنان یا کیٚتیاہ کم لوکھ چھہِ اَتھ کتابہِ پَرنچ کوٗشش
کران۔ اگر ٲسۍ ہیٚچھو یہ کتاب کیٚتھ کٕنۍ گرٛٹھ پَرٕنۍ تہٕ سمجھنۍ تیٚلہ لوزنہٕ
اَسہِ کیٚژاہ دِلچسپ دلیٖلہٕ۔ یِم دلیٖلہٕ ٲسۍ اَمہِ کین کنہِ وَن چھُکن
پیٚیٹھ پَرِو تِمہٕ آسَن کُنہِ بادشاہ کیٚتھ ہیٚنٛدِ کھوتہٕ زیادٕ مزدار۔

اَمہِ قُدرتہِ چہِ کتابہِ منٛز ہیٚچھو ٲسۍ بیچھ کٕنۍ نیمتن ترٛاونن
دوہن ہٕنٛز کتھ، ییٚلہِ نہٕ کانٛہہ انسان یا جیوان سانہِ زمیٖنہِ پیٚٹھ
روزان اوس۔ ییٚلہٕ ٲسۍ برٛونٛٹھ کُن یہ کتاب پَرِون ٲسۍ وُچھو
زِ کر گییہ گوڈنکۍ زودار چیٖز ظٲہر۔ پتہٕ کیٚتھ کٕنۍ گےٚ زیادٕ زیادٕ

زٕوٗذاڑٕ پأدٕ۔ یِتہٕ آیہٕ زمانہٕ نہٕ موٚہنوی۔ مگر تِمہٕ آسہٕ اَزکین لُوکن ہِنٛدۍ
کھوتہٕ سیٹھاہ مختلف۔ تِم آسۍ جنٛگلی، تہٕ حیوانن نِش آسہٕ نہٕ زیادٕ
مختلف کیٛنٛہہ۔ وارٕ وارٕ کوٚر تِمو تجربہٕ حأصل تہٕ ہیوٚتکھ سوچُن۔

سوچنکہ طاقتنے بناوۍ تِم لُوکھ حیوانن نِش مختلف۔ یِژی پأٹھۍ
اوس یُوہے طاقت یٛمہٕ تِمہٕ ساروٕے کھوتہٕ بٔڑۍ حیوانو کھوتہٕ تہٕ زیادٕ
طاقت وَر بنأوی۔ ژٕ چھکھ اَز وُچھان اکھ لوکُٹ انسان چھہ آسان
اَکِس وٕیٹھس ہٕستس "نالہ پیٹھ بِہِتھ تہٕ تی چھُس کرناوان یِہ یُس
یِژھان چھُ۔ ہوٚس چھُ تِمِس مہاوتن سٕنٛدِ کھوتہٕ وۍ یٛوٚڈ تہٕ طاقتور
یُس تِمِس گردنہٕ پیٹھ بِہِتھ چھُ آسان۔ مگر مہاوت چھُ سوچِتھ ہیکان
سوچنہٕ سیٛتی چھُ سُہ مالِک بنان تہٕ ہوٚس چھُ تِمِس نوکر بنان۔

یِیٚلہٕ انسانس سوچنک طاقت بڑیوو سہ بنیو زیادٕ چالاک تہٕ زیاد دانا۔ تِمو لیٛوٚ یِتہٕ
وارہ چیز۔ نار کِتھہ پأٹھۍ گژھہ زالُن۔ زمیندأری کرِتھ کِتھہ پأٹھۍ گژھہ اناج ووپدٕاوُن۔
پانس لاگنہٕ خأطرٕ کیتھ کٔنٛہ گژھن یِلوٚ بناوٕنۍ تہٕ روزنہٕ خأطرٕ کیتھ کٔنٛہ
گژھن جایہٕ بناونہٕ یِنہ۔ یِیٚلہٕ وارٕ ہیوٚ زٕنانوٕ تہٕ موٚہنِو ہیوٚت یِکہٕ وٕٹہٕ
روزُن تہٕ بنیہ گوٚہ ڈٕنٛکۍ شہر۔ شہر بننہٕ برونٛہٹھ آسہٕ لوکھ اکہٕ جایہٕ
پیٹھ بیٛیِس جایہٕ پھیران۔ غالِبن آسہٕ تِمہٕ اکہٕ قسمہ کین خیمن منٛز روزان۔
تِم آسہٕ نہٕ تیٚلہٕ زانان اناج کِتھہ کٔنٛہ گژھہ ووپدٕاوُن زمینہٕ منٛز۔ لہٰذا
اوشکوصنہ یِتے بنان نہٕ اوشکھ یِمنکھ آسان یِتھہ تِم ژوٹ بناوٕہن
سبزی تہٕ آسکھنہٕ آسان۔ تہٕ یِہم چیز اَز کل آسہٕ زیادٕ تر کھیوان چھہ

تَمہٕ اُسہٕ نہٕ ہِم چیز زانانہٕ۔ شاید آسہ ہَن تیٚلہِ جنٛگلی ڈوٗنی آسان۔ بیٚیہ
کیٚنٛہہ میوٚہ ییٚم تِمہ کھیوان اُسی۔ مگر زیادٕ تر آسہ ہَن تِم شِکارس پیٚٹھے
گُذارٕ کران۔

یُتھے شہرٕ ہیٚتِن بڑٕنی تہٕ لوکو ہیٚچہِ کیٚنٛہہ پَرٕ ہیوٗنہٕ۔ تِمو
ہیٚوٚ چھہ لیکھُن تہٕ۔ مگر وارٕ ہَس کالس اوسنہٕ کاغذٕے کُنہِ تیِتھ ییٚتھ
تِم لیکھہ ہَن۔ تکھ اُسہٕ تیٚلہِ بُرزس پیٚٹھ لیکھان۔ مےٚ چھُ خیال
اتھ چھہِ انگریزی پاٹھی برچ (BIRCH) وَنان۔ نَتہٕ اُسہٕ تِم کھُرزٕ رکلہِ
کیٚن پَنہٕ وُتھرَن پیٚٹھ لیکھان۔ اَز تہٕ وُچھکھ ژٕ کیٚشرٕ تَن کُتب
خانَن منٛز پرانین دوٚہَن ہِنٛدٕ سٲلم کِتابہٕ کھُرزٕ رٕ گلہِ کیٚن پَنہٕ وُتھرَن
پیٚٹھے لیکھِتھ۔ پَنَن آو کاغذ تہٕ لیکھُن بنیوو زیادٕ سہل۔ مگر چھاپہ
خانہٕ تہٕ اُسہٕ نہٕ تیٚلہِ تہٕ اَزکی پاٹھی آسہ نہٕ کِتابہٕ ییٚم اَز سانیہ برٕ ے
چھپان چھےٚ۔ اَکھ کِتاب اُس اَکہ وِزِ لیکھنہٕ یِوان پَتہٕ اوس اَتھ
اَتھہٕ سیٚٹھا محنتہٕ سان نقل ییوان کرنہٕ۔ بلاشک آسہ ہَن نہٕ تیٚلہِ زیادٕ
کتابہٕ آسان۔ ژٕ ہیکہ ہا اَکھ تیٚلہِ کانٛسہ کِتاب فروشس نِش
گژھِتھ تہٕ کِتاب مُلہٕ ہیٚتھ۔ ژٕ لےٚ بیٚیہ ہی تیٚلہِ اَتھ نقل کرنہٕ خاطرٕ
کانٛہہ شخص اَنُن تہٕ نقل کرنس اوس وارٕ وَق لگان۔ مگر لوکھ اُسی
تیٚلہِ سیٚٹھا خوش خط لیکھان۔ لایبریرین منٛز چھےٚ اَز تہٕ آسہ
کیٚنٛہہ خوبصورت کِتابہٕ ییٚمہ اَتھہٕ سیٚتہٕ لیکھنہٕ آمژٕ چھےٚ۔

ہنٛدوستانس منٛز چھےٚ آسہ سنسکرت فارسی تہٕ اُردو کتابہٕ خاص کر موجود. تمہِ ہِلیہ یُس کانٛہہ کتاب لیکھان اوس سہ اوس اکثر صفحن چین حاشیٖن پیٹھ گُل کاری کران۔

شہر بڑس سیتؠ سیتؠ بنےیہ مُلک تہٕ قوم۔ ییم لۄکھ کُنہٕ مُلکس منٛز اکھ اکھس نزدیکھ آسی روزان، تمہ آسہ اکھ اکھس زیادٕ جان پأٹھؠ زانان۔ تیم لگؠ سوچنہٕ زِ تیم چھِ بٔیین مُلکہ کین لۄکن ہنٛدِ کھوتہٕ برتر تہٕ بیقلأزی سیتؠ لگؠ تمن سیتؠ جنگ کرنہٕ۔ تیم آسہ نہٕ یہ کتھ محسوس کران زِ نہ چھِ اُزکۍ لۄکھ محسوس کران زِ لڑائے چھےٚ انسانہٕ منٛز سارِوۍ کھوتہٕ بُڈ بےوقوفی۔ امہ سیتؠ چھنہٕ کانٛسہ فائیدٕ واتان.

ییمن شہرن تہٕ مُلکن ہنٛدِین پرانین دوہن ہنٛز دلیل پرنہٕ خاطر چھِ آسہ کُنہٕ کُنہٕ پرانہٕ کتابہٕ لبان۔ مگر یمو منٛز چھنہٕ سیٹھا کینٛہہ دستیاب سپدان۔ وۄنۍ گو باقے چیز چھِ اَسہ مدد کران۔ پرانیو رازو تہٕ شہنشاہو چھِ پننہٕ پننہٕ وقتکۍ حالاتھ کنیہ پأترین تہٕ تھمبن پیٹھ لیکھۍمتؠ۔ کتابہٕ چھنہٕ زیادٕ کالس پوشان۔ کاغذ چھُ سوران تہٕ بٔنیہ چھس کیمہ کھیوان۔ مگر کنیہ چھےٚ وارا ہس کالس پوشان. شاید آسی تٔہۍ یاد زِ ییٚلہ الہٰ آباد قلعس منٛز اشوک بادشاہ سُنٛد کنٛدٕ تھمب تٔہۍ وُچھوتھ۔ امہ پیٹھ آسی اشوک بادشاہ سنٛدۍ واریاہ فرمان کھٔنۍمتۍ۔ اشوک اوس ہتہٕ بدی وری برونٛہہ ہنٛدوستانک

ٲکھ بوڈ راز۔ اگر ژٕ یکھنو کُس عجائب گرس منز گژھکھ تہٕ وُچھکھ
واریاہن کنیہ پأژن پیٹھ لفظ لیکھتھ۔

مختلف مُلکن منز پرٲنؠ تواریخ پرنہٕ سیتؠ ہیٚکو اسؠ تم
بٔڈؠ کارنامہٕ ہیٚم سیٹھا برونٹھ چیٖنس تہٕ مصرس منز سپدؠ متؠ
چھہٕ۔ ییٚلہِ یورپچؠ مُلک صرف وحشی قبیلو سیتؠ بریٚتھ ٲسؠ۔ اسؠ
وُچھو ہندوستانکؠ تم عظیم دورٕ تہٕ ییٚلہِ رامایَن تہٕ مہابھارت
لیکھنہٕ آیہٕ چھےٚ تہٕ ییٚلہِ ہندوستان امیر تہٕ طاقتور مُلک ٲس۔
از چھہٕ سون مُلک سیٹھا غریب تہٕ ووٚن پؠٹھ لوکھ چھہٕ اسہِ پیٹھ
حکومت کران۔ اسؠ چھِنہٕ پننس مُلکس منز تہٕ آزاد تہٕ نہ چھہٕ اسؠ
تہٕ کرِتھ ہیکان یہٕ اسؠ یژھان چھہٕ۔ مگر یہٕ ادس تہٕ ہمیشہ نٕتھے۔
شاید اگر اسؠ سیٹھاہ کوٗشش کرو، اسؠ ہیکون پنُن مُلک
بٔلؠہ آزاد کرِتھ۔ اسؠ کرو بیٚیہ کٔنؠ غریبی دوٗر تہٕ ہندوستان بناوون
تیتھ روز منش لایق بیہنہٕ کٔنؠ یورپس منز از کل کینہہ مُلک چھہٕ۔
دوٚ ہیمہ چیٖز پیٹھٕ کرِ بہٕ زمینہ ہنز یہٕ دلچسپ دلیل
أنڈ پیٹھے شروع۔

# ۳۔ زمین کِتھ پأٹھۍ بنیہ؟

ژ ٕ چھکھ زانان زِ ساڑٕ زمین چھےٚ آفتابس أندۍ أندۍ پھیران
تہٕ زوٗن چھےٚ زمینہٕ أندۍ أندۍ نژان۔ شاید چھکھ ژٕ یہِ تہٕ زانان زِ
زمینہٕ ہیوی چھِہ بێیہِ تہٕ واریاہ سیارٕ، یِم زمینہٕ ہِشۍ پأٹھۍ آفتابس
أندۍ أندۍ نژان چھِہ۔ زمینہٕ سان چھِہ یِمن سارنٕے آفتابکۍ سیارٕ
وَنان۔ زوٗن چھےٚ زمینہٕ ہُند سیارٕ۔ تِکیازِ یہِ چھےٚ أتھۍ اویزان
آفتابہٕ تہٕ سیارٕ بێیہِ سیارٕن ہِندۍ سیارٕ چھِہ بناوان اَکھ لوکٕٹ
ٹٲبر یتھ أسۍ سیرِیہ کرنڈٕل وَنتھ ہیکو۔ آفتاب چھُہ یِمن سارنٕے
سیارٕن ہُند مول (سیرِیہ کرنڈٕل یا نظامِ شمسی گو آفتابُک تہٕ
تمہِ کین سیارٕن ہُند نظام)
راتھ کیٛتُھ چھکھ ژٕ آسمانس پیٹھ ساسہٕ بدۍ تارکھ وُچھان
یِمن منز کینٛژٕ سیارٕ چھِہ۔ ژٕ کِہ چھِنہٕ یِمن تارکھ وَنان۔ کیٛاہ
ژٕ ہیکہ کٲھ اَکِس سیارِس تہٕ ستارِس منز فرق کٔرِتھ؟ سیارٕ
چھِہ آسان بِلکُل لوٕکٕٹۍ یِتھ کٕنۍ ساڑٕ زمین چھےٚ۔ اگر أسۍ یِمن

تارکن سیتؠ مُقابلہٕ کرِو ۔ تیمہٕ ہِن اَسہِ اسمانس پیٹھ بٔڈؠ لبوزنہٕ
تِکیازِ تیمہٕ چھِ اَسہِ زیادٕ پٲٹھن نزدیٖکھ ۔ ییٚتہِ کیٚنہہ زُوٗن تارکن نِشہِ
اَکھ بجہِ ہیش چھےٚ مگر نزدیٖکھ آسنہٕ سٟتؠ چھےٚ یِوان بٔڈ بوزنہٕ ۔ مگر
سیارن تہٕ ستارن منز یِنہٕ وٲنؠ فرق کرنک اَکھ اَچھل طریقہٕ چھُ یہِ زِ
اَسہِ وُچھو تمہٕ چھا ٹیپان کِنہٕ نہٕ ۔ ستارٕ چھِ ٹیپان آسان مگر سیارٕ چھِنہٕ
سیارٕ چھِ صرف ژٕزلان ۔ تِکیازِ تیمَن چھُ آفتابُک گاش آسان ۔
سیارن تہٕ زوٗنہِ پیٹھ چھُ آفتابُک تاپھ پیوان ۔ تیمَن چھُنہٕ پننُے
گاش آسان ۔ یِمبرزٕ تارکھ چھِ سانہِ آفتابکۍ پٲٹھۍ آسان ۔ تِمہٕ چھِ
پننہِ نی گاشہ ژٕزلان ۔ تِکیازِ تِمہٕ چھِ دزٕ وُنؠ تہٕ سیٹھا گرم آسان
سون آفتاب چھُ درحقیقت اَکھ نارُکھ ۔ یہِ چھُ اَدٕ سٟتؠ بوڈ یِوان
بوزنہٕ، تِکیازِ یہِ چھُ اَسہِ نزدیٖکھ ۔ یہِ چھُ اَکھ بٔڈ نار پال ہیش یوزنہٕ
یِوان ۔

ییٚتہِ کیٚنہہ چھےٚ سٲنؠ زمین تہٕ آفتابکۍ خانوادٕچ ییٚتہِ شمسی
نظام وَنان چھِ ۔ اَسہِ چھِ سوچان زِ سٲنؠ زمین چھےٚ سیٹھاہ بٔڈ ۔
اَسہِ اگر پننہِ نین لوکچن یا ژ سیتؠ اَتھ مقابلہ کرِو، تیٚلہِ چھےٚ یہِ سیٹھا
بٔڈ ۔ اَمہِ چھِ اَکہِ جایہِ پیٹھ بییس جایہِ تام واتنس چھِ رٕتہٕ وادٕ ے
تہٕ ہفتہٕ وادٕ ے لگان ۔ یوٗدوٚے اَسہِ تیز گاڑ یا سمندری جہازس پیٹھ
نہٕ کھسو ۔ یوٗدوٚے اَسہِ چھےٚ یہِ بٔڈ بوزنہٕ یِوان تونہٕ چھےٚ یہِ لرٕ ژھ پھلی منا ہیش

ہوہس منز الأثنز۔ اَفتابہ چھ لچھ بوٗ دُے میل اَمیہ نِش دوٗر تہٕ باقی
سینارٕ چھ اَمہ کھوتہٕ تہٕ دوٗر ُ ے۔

نجوٗمی یانے تیم لوٗکھ یِم تارکَن ہُنٛد مطالعہ چھ کران، چھ
اَسیہ وَنان زِ واریاہ وقت برٛونٛہہ چھ زمین تہٕ ساری سیارٕ آفتابکی
حِصہ اُسی ہِتھ۔ آفتاب اوس ننٛیلہ تہٕ اَزکی پاٹھۍ اکھ بوٗڈ نارُو مادٕ
سیٹھے گرم تہٕ دزوُن۔ یِمہ و تیمہ کینٛہہ لوکچہ چھلہٕ کٔنہ اَتھ ڈیٚکہ
تہٕ تیم آیہ ہٕتھ منٛگہ ہوہس منز لاینہٕ۔ مگر تیمہ گئے تہٕ پننہٕ نِس مالِس
یانے آفتابس نِشہ بلکل آزاد۔ زن تہٕ اُس تیمن اکھ رزہَن گنٛڈتھ۔
تیمہ روزٕ آفتابس اَنٛدی اَنٛدی چکر دِوان۔ یِہ عجیب طاقت یَتھ مے
رزس ہِیتھ ہشرَن دِژ چھُ نیشھے چیزاہ یُس لوکٹین چیزن بڈین
چیزَن کُن لمان چھُ۔ یوہے چھُ سُہ طاقت یمیہ کِنہ وزن دار چیزٕ
وسِتھ چھ پیوان۔ زمین چھےٚ اَمیہ نِش سار ہے کھوتہٕ بوٗڈ چیز۔ توے
چھےٚ یہ ساعس پنہ کُنہ چیزَس کشش کران۔

یِتھہ کٕنٛہ زِھنہ ساٹی زمین تہٕ افتابہٕ نِشہ۔ یِنہٕ آیہ ہے
اُسی زِ سیٹھا گرم۔ اَتھ اَنٛدی اَنٛدی تہٕ آسیہٕ ہَن سخت گرم گیس تہٕ
ہوا۔ مگر آفتابس نِسبت اُس یہ سیٹھا لوکٹ توے ہیوٚت
اَمہ سرد گژھن۔ آفتاب تہٕ چھ یِتھے کٕنٛہ سرد گژھان۔ مگر اَتھ
لگن لچھہ بدی وری پوٗر شہلنس۔ زمینہٕ لوٚگ کیٚہ وقت سرد

گژھنس۔ییٚلہِ یہِ تٔتھ اُس اَتھ پیٹھ تہٕ اوس نہٕ کانٛہہ زِندٕ چیز۔ نہ کانٛہہ انسان نہ کانٛہہ حیوان تہٕ نہ کانٛہہ کُل کوٚٹ۔ اَتھ پیٹھ دٕزان ہیٚے ہر کانٛہہ چیز تیٚلہِ۔

یِمہٕ کینٛہہ آفتابُک اَکھ ٹُکر ژھیٚون تہٕ بنیوٚ یہِ زمیٖن یتھے کینٛہہ وُژھہ زمینہٕ تہٕ بیاکھ چھل تہٕ بنیوٚ یہِ زوٚن۔ واراہ لُکھ چھہِ اَنداز کران زِ زوٚن چھےٚ بحرُل کاہِلس نِش جُدا گمٕژ۔ بیٚس امریکہٕ ہَس تہٕ جاپانس منٛز ہاگ شٔدر چھُہ۔

زمینہٕ ہیوٚت سٔرد گژھُن تہٕ اَتھ لوٚگ سیٹھا وقت۔ وارِوارِ ہیٚیژن زمینہٕ ہٕنٛز سطح تہٕ سٔرد گژھنہٕ مگر اَندرِم حِصہٕ رُود وُنہِ تہٕ گرم۔ اگر اَز تہٕ ژٕ کھٕنہِ ژٕ تمہٕ کانٛہہ منٛز وسکھ، تہٕ بُوٚن یوٚت ژُبون وسکھ، اَتہٕ وُچھکھ نیوٚت تیوٚت تٔتھ۔ اگر ژٕ زمینہِ بلکُل اندر وسکھ ژٕ وُچھہِ ہٕنٛہ یہِ تٔتھ تاوٕہٕش۔ زوٚنہِ تہٕ ہیوٚت شیہلُن۔ یہِ اُس زمینہِ کھوتہٕ لوکٹ۔ یہِ گٔیہِ زمینہِ کھوتہٕ زیادٕ جلد سٔرد۔ یہِ چھےٚ باسان بٔڈ خوشگوار تہٕ ژٕنی۔ کیاہ چھنا؟ اوٚے چھہِ اَتھ تہٕ ژٕنی زوٚن وَنان۔ شاید چھہِ اَتھ منٛز بٔڈِ بٔڈِ شینہٕ مالیہٕ تہٕ بیٚیہِ ژٕ کل۔

ییٚلہِ زمیٖن ہٕشدرے یہِ ہٕوہٕس منٛز بٕس اُبی بُخار اوس تمہٕ بنیوٚ آب تہٕ پیوٚ رُود چہِ شکلہِ منٛز۔ تیٚلہِ آسہٕ ہٕنٛ بیٚیتہٕ رُود راتھ وُژھہ منٛزٕ۔ اُمی آبَن بٕرِو زمینہِ ہٕنٛدی بٔڈی بٔڈی کھوڑ، یِمہٕ کینٛہہ بنیٚ

بٔڈۍ بٔڈۍ شٔدرٕ تہٕ بتر۔

یُتھے زمین زیادٕ ہٮ۪شدر رسے یہ تہٕ شدرٕ تہٕ گے سرد۔ زمینہ
ہٕنز سطح پیٹھ تہٕ سمندرن منز بنیو زِندٕ چیزن ہُند زِندٕ روزُن
مُمکن۔ بیٚیس جیٚیٹھ منز کرو اسی ابتدائی زُوٕ زاتن متعلق کتھ باتھ۔

# ۴. گوڈنیچہ زٕوزاٹھ

پٔتھ میہ چیٚھڑ منز چھ اکھ زٕوارٕہٕس کالس آسیہ یہ زمین سخت تٔرٕ اُس ہِرٕ تہٕ کانٛہہ زٕوزاتھ آسیہ نہٕ اتھ پیٚٹھ دٔرتھ۔ ییٚلہٕ زمینہٕ پیٚٹھ کر گٔیہ زٕندگی شروع تہٕ گوڈنکو زٕندٕ چیز کمٕ اُسی؟ یہ چھُ سیٚٹھا دلچسپ سوال مگر اتھ جواب دِنُن چھُ سیٚٹھا مُشکل۔ پکہ سا گوڈنیتھ وُچھو اسہِ زٕندگی کٔمیہ کیاہ۔ غالبن وَنِکھ تُہۍ زِ انسان چھِے زٕوذاتھ تہٕ بییٚہ کیٚنٛہہ تِہِے حیوان تہٕ۔ مگر کُلۍ کٔٹھۍ، پوش تہٕ سبزی یہ کیاہ چھِہ؟ یِمہٕ چھِہ زٕ تِمہ تہٕ چھِے زٕندٕ۔ تِمہ چھِے بڑان تہٕ ترٛیش چوان بییٚہ چھِے شُہُل ہیوان تہٕ مران۔ کُلین تہٕ حیوانن منز چھِے بڈ فرق یہ زِ کُل چھِنہٕ حرکت ہیکان کٔرِتھ۔ اگر تُہۍ یاد آسی مے ہاوے یی تُہۍ کیٚنٛہہ کُلۍ لٔنڈ نہٕ کیٚن میوٕ باغن منز۔ یِم میوٕ کُلۍ تہٕ میٚیز کُلۍ کُٹھۍ چھِہ یِزی مُچھ کھیوان۔ بییٚہ چھِے یِتیٚہ کیٚنٛہہ زٕوذاتھ مثلن اسفنج کیٚنٛہہ چھِہ سمندرٕ تُرکس تَل روزان۔ یِم چھِہ حرکت کٔرِتھ کران۔ کٔمنہٕ ساعتہٕ چھِہ یہ وَنُن سیٚٹھا مُشکل گژھان

زِ اَکھ زُوٗ ذاتھ چھا حیوان کِنہٕ کُل کوٗٹ۔ ییٚلہِ تہٕ علمِ نباتات پٔرِ کھ ییتھ
منٛز کُلین کٕٹین ہُنٛد علم چھُ آسان یا حیوانَن ہُنٛد علم پٔرِ کھ تہٕ وُچھکھ
تِم عجیب زُوٗ ہٕ زٲتھ تِم نہٕ لوٚرِ حیوان چھِ آسان نہٕ لوٚرِ کُلی کٕٹھ۔

کینٛہہ لوٗکھ چھِ آسہ وَنان زِ کنین تہٕ شیٖلن چھےٚ اکہِ قسمچ
زندگی آسان۔ تیمَن چھُ اَکہِ قسمُک دوٗد باسان۔ مگر یہِ وُچھُن چھُ
سیٹھا مُشکِل۔ شاید آسی ژٕ تِیٚسہٕ شخص وَنی یُس جنیوا ہَس منٛز اَسہِ
سٟتہٕ ملاقات کرنہٕ آیوو۔ تِمس چھُ ناو سر جگدیش بوس۔ تِمی چھُ تجربو
سٟتہٕ ہووُمُت زِ کُلین چھےٚ وارِیاہَس حدَس تام زندگی آسان۔ تِمہٕ
سٕنٛد خیال چھُ زِ کنین تہٕ چھےٚ کینٛہہ زندگی آسان۔ لیہٰذا اوٚچھ اَسہِ
زِ یہِ وَنُن چھُ سیٹھا مُشکِل زِ کُس چیز چھُ زٕنٛدٕ تہٕ کُس چھُنہٕ۔ مگر
فی الحال تراوو کھ اَسہِ کِنہٕ اوٗکطرف تہٕ کُلین کٕٹین تہٕ حیوانن پیٹھے یوٚت
سوچو اَسہِ۔ اَز کل چھُ زُوٗ ذاژَن ہُنٛد تِیداد اَنِتھ رُوٗس۔ تِم چھےٚ پٔرِ یِتھ
قسمچہٕ ــ ترٕنہٕ تہٕ مادٕ تہٕ ـــــ تِموٗ منٛز چھِ کینٛہہ سیٹھا چالاک تہٕ کینٛہہ چھِ
بے عقل۔ اَمہِ پتہٕ چھِ حیوان۔ تِموٗ منٛز تہٕ چھِ کینٛہہ چالاک حیوان، ہٕشِہ
سٕنٛدی پٲٹھی، پَنٛنہِ سٕنٛدی پٲٹھی یا ریٖچھہ ہٕنٛدی پٲٹھی۔ حیوانو منٛز
تہٕ چھِ کینٛہہ بے شعور حیوان۔ گاڈ تہٕ سمنٛدرٕچ وارہ زُوٗ ذاژ چھےٚ زندگی
ہٕنٛدِس ترتیبس منٛز وُنہٕ سیٹھا پتھ۔ اَتھ زندگی ہٕنٛدِس ترتیب کِس
زٕکِس تَل چھِ اِسفنج کیٖمہٕ، نالدار گاڈ، بییہِ تِم حیوان ییم ہنا حیوان
چھِ تہٕ ہنا کُلی کٕٹھ۔

اَسہِ چھےٚ کوٗشِش کرٕنۍ یِہ وُچھنچ زِ ہیم مختلف قسمکۍ حیوان چھا ہنگہٕ تہٕ منگہ اَکی ساتہٕ وجوٗدس منٛز آمتۍ کیٛنہٕ وارٕ وارٕ اَکہ اَکہٕ. اُسۍ کیٛتھہٕ پاٹھۍ ہیکو وُچھتھ یِہ کتھ ؟ اَسہِ چھیٛنہٕ تیمَن پرٛانین دورن ہنٛز ترتیب وار کتابہٕ. مگر سأنۍ قعدرتیچ کتاب ہیٛکیا اَسہِ مدد دِتھ ؟

اوٚ ، یہ کرِ. پرٛانین شیٖلن منٛز چھےٚ اَسۍ حیوانَن ہنٛز اَڈِج لبان. یِمَن پوٚت کرٛنٕز اَسۍ دِتو ، ییٚلہِ اَسۍ یِم پوٚت کرٛنٕز وُچھان چھےٚ ، اُسۍ چھےٚ وُنِتھ ہیکان زِ ییٚلہِ پرٛانہٕ زمانہٕ یِہ شیٖل بنےٚ پٔژ آسہٕ تہٕ جانور آسہٕ ہاز زِندٕ یِمو سٕنٛز اَڈِج اَسہِ لَبہٕ. ژٕ یَے چھیٛتھ لنڈنہٕ کِس جنوبی کینگسٹن عجأیب گرس منٛز یِتھو وارِیاہ بڈٕ کیو لعن کیٛنٛژ پوٚت کرٛنٕز وُچھمِتۍ.

ییٚلہِ کانٛہہ جانور مران چھُ ، تمۍ سٕنٛدۍ نرم تہٕ ماز دار حِصہ چھےٚ وٕلی وٕلی خراب گژھان مگر تمۍ سٕنٛز اَڈِج چھےٚ وارا ہس کالس پوشان. تِمے اَڈِج چھےٚ اَسۍ لبان یِمہٕ اَسہِ تیمَن پیٛتھ کالہٕ کیٛن حیوانَن مُتعلق کیٛنٛہہ نتہٕ کیٛنٛہہ وَنان چھےٚ. فرض کرِو کانٛسہ حیوانس آسَن نہٕ اَڈِج ، یِتھ کٔنٛز زال دار گاڈَن چھیٛنہٕ آسان. ییٚلہِ سُہ مرِ تمۍ سُنٛد رودِ نہٕ کانٛہہ نشانہٕ.

ییٚلہِ اَسۍ شیٖلن وارٕ پاٹھۍ سٕنان چھےٚ بیٚیہ ییٚلہِ اَسۍ پوٚت کرٛنٕز لبَتھ سوٚمبران چھےٚ ، اَسۍ چھےٚ وُچھان زِ مختلف حیوان چھےٚ مختلف

زمانن منز اُسۍ ہِتھ، تِم چھِنہٕ سارۍ یکہ وَٹے کیٛتھہٕ نہٕ منز آمٕتۍ۔ گوڈٕ گوڈٕ
چھِ ساد حیوان اُسمٕتۍ۔ یمن کُنڈے اُسو یِتلَن ہانگیہ گاڈ۔ سُدر،
مچھس پیٚٹھ یِمہٕ ہانگیہ زُوچھان چھکہ، تِمہ چھےٚ تِمن حیوانن ہِنز
اُڈی چھ کٔنجہ یِم موٚدی ہِتھ چھِ۔ پتہٕ چھِ اُسو وُچھان زِ زیادٕ پیچیدٕ
حیوان چھِ آمٕتۍ۔ سَرِیچ، ہیٚمو سِندِ کھوتہٕ بٔڈ وُلیہٕ درِندٕ، بیٚیہ تِم
جاندار تہٕ حیوان یِم اُز کیٚن جانورَن تہٕ حیوانن سِیتۍ زٕلان چھِ۔ پٔتس
چھِ اُسو وُچھان اِنسانہٕ سِندۍ کَرٕ نژ۔ تَوۓ چھِ نِشان زِ حیوانن ہِنز
پٲداییشہ منز چھےٚ اَکھ خاص ترتیب اُس ہز۔ گوڈ سارِوۓ کھوتہٕ پیٚدٕ کٔر
ساد حیوان پتہٕ ہتَھِ قسمک حیوان یِم زیادٕ زیادٕ پیچیدٕ حیوان بنان گے
پتہٕ چھِ اُسو واتان تِمس حیوانس تام، یُس انسان (اشرف المخلوقات)
وَنان چھِ۔ یِمو اِسفنج کیمپو تہٕ ہانگیہ گاڈٕ کِتھہ کٔنہ کٔر پیٚٹھ ترقی تہٕ یوٚت
بدلوو کٔہ ہینٔ پان؟ یہ چھےٚ بٔڈٕ دلچسپ کتھ۔ شاید وَنے بہٕ ژےٚ اَتھ
مُتلِق تہٕ کُنہِ دوہہٕ، مگر وُنی کیٚن چھےٚ گوڈٕ رنیچین زوٗ ذاژن ہِنز
کتھ تُچھرٕ۔

یہِ یلہِ زمین ہنِدرے بہ، شاید چھےٚ گوڈ رنیچ زوٗ ذاتھ سو
زال دار ہستی، کُنہ اُڈی چھ یا کٔنجہ وَرائے، یو سہٕ سمندرس منز روزان
اُس، تِمو شنز چھینہ کاٹھہٕ پوٚٹ گژھن یانِشانہٕ باقے روٗدمت تِکیاز
تِمس آسہٕ نہٕ اُڈی چ۔ تَوۓ چھِ اُسہ کم زیادٕ اندازٕ کرُن پیوان۔

اَز تہٕ چھہٕ سمندرَس منز ٕ یِمتھی ہیوٚ یہٕ واریاہ زالدار چیز ٕ - تِم چھہٕ ڈُلمی مگر تِہنٕز شکل چھےٚ ہر وزِ بدلاوٕنۍ- تِکیازِ نہٕ چھےٚ تِمَن اُڈۍ چہٕ تہٕ نہٕ کُنڈٕ -
تِم چھہٕ کینژھا یِمتھی ہیوٚ یہٕ -



یِٕ ڈُچھکھ یُس یِمَن منز نِشانہٕ چھُہ اَتھ چھہٕ وَنان مرکز تہٕ یہٕ چھُہ یِمَن اَکہٕ قِسمُک دِل - یِم زُوٚ ذاژ یا یِہ کینژھا یِم آسَن چھہٕ عجیب طریقہٕ زِ بنان یا بٲگرٕ یوان - تِم چھہٕ ہیوان اَکس جایہٕ زاوٕلی بَنٕنۍ - یِتھےٚ کٕنۍ چھہٕ زاوٕلی بنان بنان منز بٲگ ژھشان تہٕ بنان چھکھ زِ زال دار چیز تہٕ دوٚ شوٚے چھہٕ آسان اصلی اَکس ہیوٚ یہٕ حصہ بٕٹاے چھہٕ قریب یتھ کٕنۍ سپدان :



یِٕ ڈُچھکھ زِ یہٕ مرکز یا دِل تہٕ چھُہ بٲگرٕ یوان تہٕ دوٚ شوٚنی حصَن چھہٕ رٕژھ ہیٚن رٕژھ ہیٚن پھلان یِتھےٚ کٕنۍ چھہٕ یِم حیوان تقسیم گژھان تہٕ ہُران -

یِتھےٚ ہیوٚ کانٛہہ چیز ۱۵ آسہ اوسمُت سانہٕ زمینہٕ منز گوڈٕنیُک زُوٚ ذاتھ - کیاہ بیثوٚ ساد تہٕ حلیم نمایندٕ اوس یہٕ زندگی ہُند - تمیٚ لہٕ

اوس نہ ساری زمینہ بیپھڑ امہ کھوتہ رُت یا ٹھوڈ چپراہ تہ۔ اصلی جانور
اسی نہ آمنی تہ انسان آو نہ امہ پتہ لچھ بدین وڑی ین تام تہ۔

ییمن زال دار چپزن پتہ آبہ سمندری گاسہ ہاہوی، ہانگیہ گاڈ
ہشیہ تہ کیمو کرپل۔ پتہ آیہ اصلی گاڈ۔ آسہ چھ ییمن متلق واریاہ علم
نکیاز ییمن اسی اڈی جہ دار زمان یا گنجہ۔ تہ ییمو تراوی ہیم چپز سانہ
لبنہ خاطر پتھ کئن۔ ییمہ گنجہ اسہ سمندر نز کس تل زبہ منز روز مژ۔
ییمن پیپھڑ بیپھڑ نوئ زب تہ سیکھ تہ احتیاط سان رؤدی ہیم محفوظ۔
نوڈ زبہ تہ سیکہ ہشیہ ورنہ سینتو تہ دباو سیتو گیہ یہ زب سخت بان۔
یہ بنے یہ تیز سنگ زاکھ بنے یہ شیل۔ ییھے گنو بنے یہ سمندر نز کس
تل تہ شیلہ۔ بنلی یا ییہ گنہ چپزن گجہ ییمہ شیلہ سمندر منز نیبر۔
اکھ بنے یہ خوشک زمین۔ یہ خوشک شیل گیہ دریاو یا رؤد سیتو
ببر تہ ییمہ ہانگیہ اکھ منز عمر وادن کھٹہ آسہ، ڈرایہ نیبر۔ ییھے گنو
وچھ اسہ ییم پوت کر نز تہ گنجہ۔ تہ ییمن مطالہ کرتھ وچھ اسہ زسائی
زمین گیاہ چھ اسی انسانن برونہہ تراویہ زمانہ۔

بیس چپڑ منز وچھو اسی ییمو ساد جیوانو کیتھ پاٹھی کر
ترقی تہ تیم کیتھ پاٹھ بنے یہ تیتھ یتھو از کل چھ۔

# ۵۔ حیوانن ہُند ظاہر گژھُن

اَسہِ وُچھ زِ اندازن اَسِہ سانہِ زمینہِ پیٹھ زندگی ہیٚندِ کو
گوڈنیکۍ نشانہِ سیٚتھ دساد لعِ کیٚنژ سمندری حیوان بیٚنیہ آیہِ کُٹ تیم ہیکہ ۵۶۱ ملین
چھِ رٲئبَس منٛز یوت روزِتھ۔ اگر تیم آیہِ منٛز نیبرٛ آسہِ ہیٚن نیبران تیمہ
آسہِ ہیٚن ہیوٚ کھان تہِ مران۔ یِمہ کیٚنہہ آز کل زال دار گاڈ منٛز۔ اگر سو بُچھِس
نگہِ سوٚ گژھِ نوٚ شیٚک۔ مگر تیمن دوہ ہیٚن آسہ ہے اَز کہ کھوتہ زیادِ تہِن
ڈیشِہ زمینہِ تہِ آب اوسُت۔ تیمہ زال دار گاڈ بیٚنیہ باقٕے سمندری
حیوان ییٚمن ذرا سخت پَہن میسلہ اوس، اَسہ ہیکان باقیو کھوتہِ کیشرٕن
کالَس نوٚ شکہ زمینَس پیٹھ پھیرِتھ۔ نیکیاہ تیم اَسہ نہ وٕلی وٕلی
ہیوٚ کھان۔ زال دار نہِ نوز گھ گاڈ تہِ پرٛژھ باقٕے نوٚ ذاژ تحیّہ وارہ وارہ
کم۔ نیکیاہ نوٚ شکہ زمینہِ پیٹھ ہیکہ نہ تیم روزِتھ سہل پاٹھۍ تہِ یِمن
سخت پَہن مسلہ اوس تِم گٔے ہران۔ یہ چھےٚ وُچھنہٕ لایق بڈ دلچسپ
کتھ۔ یانے حیوانو بنوٚ ونٛ پان پننِس ماحولَس منٛز روزنس لایق۔

وارِ وارِ ۔ ژٕٹے چھُھ لنڈنٕ کِس جنوبی کِنگسٹن عجایب گرس منٛز
وُچھمٕت ۔ زِ سرد ین منٛز سرد مُلکن منٛز یِمٕہ سیٹھا تیٛز چھِ آسان
رِکھتھ کِنٛہہ چھِ حیوان تہٕ جانور سفید شین ہیوٕ بنان ۔ خطِ سرطان کِس
مُلکن منٛز یِمٕہ سیٹھا سبزار تہٕ گُلہٕ آسان چھِ تَتہٕ چھِ جانا ورن سبز یا بییہ
کانٛہہ پرزلیوُن رنگ سپدان ۔ تمِیُک مطلب چھُ یہِ زِ تِمم چھِ پننِس
اَندی پکھِس سیتۍ پان رَلاوان ۔ تِمم چھِ پننُ رنگ او سببہٕ تبدیل
کران ، یُتھ تِمم پننُ پان دُشمنَن نِش بچاوِتھ ہیکن ۔ تِکیازِ تِمم ہیکن
نہٕ تِمَن سٕتہٕ ہل پاٹھۍ بوزنہٕ ییتھ ۔ اگر تِمَن تیٚتھُے رنگ آسہِ یُتھ اَندی
پکھُک چھُکھ آسان ۔ سرد مُلکن منٛز چھےٚ تِمَن شیٚتھ کھسان ۔
یُتھ زن ترٛمین دوہن وُشنو روزَن ۔ تَوٕے سَببہٕ چھُ سیٹھا زرد تہٕ
رِکھل آسان ۔ یہِ چھُ تیٚتھ آسان ییتھ کِنٛہہ جنگل کیو کُلیو منٛزۍ افتابچ
زِرٛ ووسان چھےٚ ۔ گَنین جنگلن منٛز چھُ سیٹھا وُچھُن بڈٕ مُشکل آسان ۔
یہِ دل چسپ پزر چھُ سیٹھا اہم زِ حیوان چھِ پننِس
اَندی پکھِس سیتۍ رَلنہٕ خیچ کوشش کران ۔ حیوان چھِ پننہٕ پانہٕ کوشش
کران بدلنہٕ خاطر ۔ مگر تِمم ہیم بدلان چھِ تِمم چھِ پننِس اَندی پکھِس
ہیوٕ بنان تہٕ تِمَن چھُ لسنُک زیادٕ زیادٕ موقعہٕ میلان ۔ تَوٕے سببہٕ چھِ تِمم
ہران روزان مگر باقے چھِنہٕ ۔

اَمہِ تلہٕ ہیکو اَسۍ اندازٕ کٔرِتھ سمجھِتھ ۔ اَمہِ تلہٕ چھُ یِیتہٕ نشان زِ

سیٚدۍ کرۍ تہٕ سادٕ حیوان چھِہ زیادٕ تعدادِ قسمکۍ حیوان بنان تہٕ ییم چھہ
لچھہ بدین وٕری یتھ نام انسان بنان۔ اَسہِ ہیکوٕ یہٕ پانس اَندیٚ پکھو
یہِ تبدیلی پانہٕ وُچھِتھ۔ تکیازِ تبدیلی چھےٚ وارٕ وارٕ سپدان تہٕ سانۍ
زندگی چھےٚ ژھوٚٹ مگر فطرت چھےٚ پننۍ کأم کران روزان تبدیل
گژھان تہٕ زیادٕ مکمل بنان۔ یہِ چھےٚ یہٕ زاہ ٹھہران یا آرامس بہان۔

ووٚنۍ تھوٚوتہٕ ژٕ یاد زِ زمین گیۍ سرد گژھان تہٕ وارٕ
وارٕ گیۍ خوشکہٕ تہٕ سپدان۔ یُتھے یہِ زیادٕ سرد گیہٕ تہٕ آب و ہوا
تہٕ بدلیو تہٕ بدلے یہِ وارٕہ چیز۔ یُتھے زمین بدلے یہٕ وارٕ وارٕ بدلییہ
حیوان تہٕ حیوانن ہُنٛد نوٚوے قسماہ گوٚ پاَدٕ۔ گوڈٕ نیٚتھ وُچھ اَسہ
ییٚتہٕ سادٕ سمندری حیوان یتہٕ ذرا پیچیدٕ سمندری حیوان یتہٕ یُتھے
خوشکہٕ زمین ہُرے یہِ تیتھی حیوان آیہٕ وجودس منز ییم آبس منز
تہٕ اَسہِ روزان تہٕ ہیوٚ چھہِ زمینہٕ پیٹھ تہٕ، یعنی کتھ أز کل کم زیادٕ کرم
تہٕ نینہٕ مونڈچہ روزان چھےٚ۔ یمن پتہٕ آیہٕ تیتھی حیوان ییم ملکلے ہیوٚ چھہ
زمینہ پیٹھ اَسہِ روزان۔ یتہٕ آیہٕ وُچھ وٕنی جانوار، ییم ہوٚ ہیتس
منز وُچھتہٕ اَسہِ ہیکان۔

ہےٚ کوٚر نینہٕ مونڈچہ ہُنٛد ذِکر یہِ چھہٕ وُچھن لایق دِلچسپ
چیز۔ یہٕ چھہ پننہٕ زندگی منز سے ہاوان زِ آبہٕ حیوان کِتھ پأٹھ بدلییہ
خوشکی پیٹھ روزن والین حیوانن منز۔ نینہٕ مونڈچ چھےٚ آسان گوڈٕ

ککاڑ ہیش پَتہٕ چھےٚ بنان ہیو چھرٕچ حیوان ہیش۔ یمہ چھِ شوشہِ سِتۍ
شاہ ہیوان۔ یتھ کنۍ ساری ہیو چھِ گو حیوان ہیوان چھِ۔ ییلہٕ زمینس
پیٹھ زندگی شروع چھےٚ گمژ۔ تِمن پرانین دورن چھِ یتہٕ بڈۍ بڈۍ
جنگل آسۍ متۍ۔ زمین آسہٕ ہے آسمژ تیلہٕ ڈیٚمبیٚج یتھ پیٹھ گٔنۍ جنگل
آسہٕ ہٕن۔ یم جنگل آسہٕ ہِن دبیمتۍ تہٕ شیلن ہندِ تہٕ زمینہٕ کہِ دباوٕ
سیتۍ بنے یہ پتہٕ وارہٕ وارہٕ ژینہٕ۔ ژہٕ چھکھ زانان زہٕ آسۍ چھِ ژینہٕ کانہٕ منز
کڈان یمہ زمینہ سیٹھا تُل چھِ آسان۔ ژینہٕ کانہٕ چھےٚ آسمژ بیٚنۍ پاٹھۍ
تِمن پرانین دورن ہندۍ بڈۍ جنگل۔

گوڈنکین زمینہٕ حیوانن منز چھِ آسۍ متۍ بڈۍ نہٕ وُلہٕ سر بچہٕ
اَجدرنہٕ کرمِ یمن منز چھِ کینہہ ہیتھ ہیتھ فُٹ زیٖٹھۍ آسۍ متۍ۔ ژہٕ کرٕ
خیال اکھ سر بچھ یا اجدر کیتھ آسہِ، یُس اکھ ہیتھ فُٹ زیوٕ بٹھ
آسہِ۔ ژٕ گٔے چھپیہٕ یاد ییلہٕ ژٕ گے لنڈنہٕ کس عجائب گرس منز
یتھین حیوانن ہندۍ پوٚٹ کرٕ نژ وُچھیتھ۔

پتہٕ آیہ تِم حیوان یم قریبن ازکین حیوانن ہیو آسۍ
یمن چھِ وَنان دودہٕ ہلدن (Mammals) حیوان تِکیازِ تِم آسۍ
پتہ پننین بچن دودہٕ دِوان۔ یم تہٕ آسۍ ازکین حیوانن ہندِ
کھوتہٕ سیٹھاہ بڈۍ۔ یہ دودُل حیوان یُس انسانس سیتۍ
سارِوے کھوتہٕ زیادٕ رلان چھُ، چھُ پوٚنژ یا واندُر۔ لیہٰذا چھِ کینہہ

سونچان زِ انسان چھُ واندرو منٛز سے ڈرامت، اَمیُک معنے زَن گوٚ
یہ زِ یُتھ پٔتھ کأنسہ حیوانن کرٕ کوشش یِنہٕ نِس اَندٕ یکجھس ہیوٚ
بنہٕ پنیج بٔنیہ زیادٕ کھوتہٕ زیادٕ رُت بنہٕ نیج - لہٰذا اوس انسان تہٕ
گوڈٕ گوڈٕ اکھ جان واندر. بلا شک پوٚک سہ تروتھ یا فطرت
گیٚ بڑونتھ پکان تہٕ اَمِس بنجر تہٕ ترقی دِوان - اَز چھُ انسان
سونچان زِ تمِس چھُنہٕ کانٛہہ جدٕ سُہ چھُ خیال کران زِ سُہ چھُ حیوانن
نِشہ بلکل مختلف - مگر یہ یاد تھاوُن چھُ جان زِ أسی چھِ واندرَن
تہٕ پنٛزن ہیٚند پیترٕ بأسے. یہ وَنہٕ آز کل تہٕ چھِ اَسہٕ منٛز
کینٛہہ پنزٕ ین ہٕنٛز منز ہشہ حرکژ کران.

# ۶- اِنسانہٕ سُنٛدُن

اَسہِ وُچھ یِتھ مین چیٖٹھِین منٛز زِ زمینہِ پیٹھ کیتھ کُنہٕ آیہ
زندگی سیٖود نہٕ سادٕ شکلہِ منٛز تہٕ ساسہٕ وادٕن وٕرۍ ین کرِتھ ترقی
تہٕ بنیہِ یِتھ تٕرتھ یُتھ از کل چھےٚ۔ اَتھ زندگی ہِنٛدِس اِرتقاہَس منٛز
وُچھ اَسہِ اَکھ دِلچسپ تہٕ اہم قونوٗن اَکھ زِ حیوان چھِ ہمیشہ
کوٗشِش کران پننِس پانٔس اَنٛدۍ پٔکھس ہیوٗ بناونچ۔ یِمے
کوٗشِش کران کران چھےٚ تِمو نِوۍ خصوٗصیژ پادٕ کٔرِمژ تہٕ بنیے
کُنہِ چھِ زیادٕ لٔقٕدۍ تہٕ پیچیدٕ حیوان بنیمٕتۍ۔ یہِ تبدیلی یا ترقی
ہیٚوٚ اَسو واریاہو طریقو وُچھِتھ مثلن گوڈٕ اَسو یِمَن اَڈٕ جوٗ
وٕرأےٚ حیوان، تِمن ہیٚکو نہٕ یٔمِنہٕ واریاہس کالس دٕریتھ، توٚرے
کٔرِ تِمو پانس اَڈٕ جِہ پادٕ۔ گوڈٕ نیچ اَڈٕج یِعہ سہٕ تِمو پانس پادٕ
کٔرٕ اَس تٕرتٕنیچ اَڈٕج۔ توٚرے وُچھ اَسہِ جاندارَن ہُنٛد اَکھ تقسیم
اَکھ۔ اَڈٕجو روٗس حیوان تہٕ اَڈٕجہ دار حیوان۔ اِنسان تہٕ حیوان
ییٚم تِہ پانس اَنٛدۍ پٔکھو وُچھان چھکھ تِمن چھِ اَڈٕجہ۔

پَتہٕ چھکھ ژٕ ہیٚبہٕ ساد، حیوان وُچھان گاڈَن ہیٚنٛدۍ
پاٹھو، یِمہٕ ٹھوٗل چھےٚ ترٛاوان تہٕ پَتہٕ یِمہٕ تِمن کھٕنۍ وُچھانۍ۔ تِمہٕ
چھےٚ ساسہٕ وادے ٹھوٗل اَکی وِزِ ترٛاوان۔ مگر پَتہٕ چھُنہٕ تِمن
پھٲنٛپھلاوان۔ موج چھےٚنہٕ ہرگز نہٕ بچن ہُنٛد خیال تھاوان۔ یس چھےٚ
بس ٹھوٗل دِوان پَتہٕ چھےٚنہٕ تِمن نِش زاہ یِوان۔ چونکہ یِمن ٹھوٗلن
چھُنہٕ کانٛہہ رٔچھان۔ توے چھِ وارِیاہ ٹھوٗل مَران تہٕ کیٚمہ ٹھوٗل چھِ
گاڈٕ ہُنان۔ کیا یہ چھُنا اکھ بوٚڈ نُقصان؟ یِتھےٚ اَسۍ برٛونٛہہ چھِ
پکان تہٕ ہٕتھۍ حیوان چھِ وُچھان۔ اَسۍ چھِ ڈیشان زِ یِہنٛدۍ ٹھوٗل
یا بچہ چھِ کم آسان۔ مگر تِم چھِ تِمن جان پاٹھۍ رٔچھان تہٕ۔

کوٚکر نہٕ چھےٚ ٹھوٗل ترٛاوان، سوٚ چھےٚ تِمن بیہہِ ٹھ بہہان تہٕ
بچھہ دِوان۔ تہٕ بیٚلہٕ یوٚتٕ چھِ نیران سوٚ چھےٚ تِمن کھیاوان تہٕ
کیٖنژَس کالَس۔ بیٚلہٕ تِم ذرا بٔڈۍ چھِ گژھان۔ موج چھےٚنہٕ
تِہنٛد زیادٕ خیال تھاوان۔

پَتہٕ چھِ تھٕدِین حیوانَن اکھ بٔڈ تبدیلی یِوان یِمن دوٚدٕ دِلی
حیوان چھِ وَنان۔ یِمن مُتعلق ہیتےکم زیادٕ پَترٕ میہ چھِہ ٹھ مُنۍ وَنۍ۔
یِم حیوان چھِنہٕ ٹھوٗل ترٛاوان مگر اَندرٕ چھکھ ماجِن ٹھوٗل
آسان تہٕ تَس چھُ بوٚرٕ پاٹھۍ پھٲنٛپھلیومُت بچہ زیوان یِمن ہُنٛد مثلن
برٛار، یا خرگوش پَتہٕ چھےٚ موج بچن دوٚد دِوان تہٕ موج چھےٚ

شیرٕ سیٹھاہ چھان تہٕ۔ مگر تۄتہٕ چھکھ تٔہۍ وۄچھان زِ اَتہٕ تہٕ چھہٕ
واریاہ ضایہٕ گژھان۔ خرگوش چھہٕ واریاہ خرگوش بچہٕ کیٚنژٕ کیٚنژٕ
رۄتۍ پتہٕ دِوان۔ واریاہ چھہٕ یِمَو منٛزٕ مران۔ مگر ہٕمی تیس ہیٚوٚ کھٔدِ
بابہٕ جیوان چھہٕ اَکۍ ہٕمی بچہٕ ژٕراوان تہٕ بچہٕ سیٚٹھاہ ژھپاہ پأٹھۍ
پرورِش کران۔

لیہٰذا تٔہۍ وۄچھکھ زِ یِمہٕ جیوان ترقی چھہٕ کران تِم چھِنہٕ ڈھول
ژٕراوان بلکہ چھہٕ پانس ہیوۍ لوکٹ بچہٕ ژٕراوان۔ صرف چھہٕ کھٔدِ قسمکۍ
جیوان عموماً اَکہٕ وقتہٕ اَکۍ بچہٕ ژٕراوان۔ تٔہۍ وۄچھکھ یِتہٕ زِ کھٔدِ
قسمہ کِین جیوانن چھہٕ پننین بچن سیٚتۍ خاص مائے آسان۔
انسان چھہٕ ساروے کھوتہٕ کھٔدۍ جیوان تۄہیے چھکھ تٔہۍ وۄچھان
زِ ماجہ تہٕ مأیس چھہٕ شُرس سیٚتۍ سخ محبت آسان تہٕ تِم چھِ شُرۍ
شُند سیٚٹھاہ خیال تھاوان۔

یِمہٕ کِتھہٕ آسہٕ انسانن تہٕ لوکٹو جیوانو پیٚٹھہٕ ترقی کرٕمٕژ۔
غالبن چھہٕ گوڈنیک انسان مُشکِلن انسان اوسمُت۔ یِتھہٕ کِتھہٕ اَز
چھکھ تٔہۍ وۄچھان تِم آسہٕ ہٕن ہنا انسان تہٕ ہنا وانٛدرٕ آسۍ میٚتۍ
پیٚشرٕ ہن ہیٚنٛدۍ پأٹھۍ آسہٕ ہٕن روزان۔ ژٕ ٹے چھُیا یاد ہیڈلہ ہیڈل
برگ (جرمنی) منٛز آیو اَسہٕ سیٚتۍ اَکھ پروفیسر تِمہٕ ہایو ویوٹ
کٔرٕنۍ وسیٚتۍ بٔرِتھ اَکھ لوکُٹ عجائب گر۔ خاص کر ہاوے ..ین

اَکھ کھاہِر یوسہٕ تِمُو احتیاط سان ٹُلُف کرِتھ اُس تھٲوِمُت۔ خیال چھُ یوان کرنہٕ زِ سو کھاہِر چھےٚ ییمہٕ وِے گوڈنِکیو انسانو مٔنزٕ اَکی سِنٛز۔ اَز چھِ اَسی تِمٕس ہیڈل بٔرِگ اِنسان وَنان۔ یِکیاز سو کھاہِر چھےٚ ہیڈل بٔرگس نزدیکھ زمیٖنہٕ تَلہٕ ڈرامُت۔ اگرچہ تِمَن دوہَن چھِنہٕ ہیڈل بٔرگ یا بدل کانٛہہ شہر اوسمُت۔

تِمَن تَمہٕ ڈیکِھن دوہَن بیٚیلہٕ تِم گوڈنِکی انسان اوری یور چھیران اُسی، یئیتہٕ چھےٚ سیٹھا تیٖر اُسمُت۔ اَتھ چھِ وَنان یخ زمانہٕ یِکیاز یئیتہٕ چھُ سیٹھا.. یخ اوسمُت۔ بیٚیہٕ اُمو یئیتہٕ شینہٕ مالیٚن[۱] شینہٕ مالیٚن ییٚتھو از قطب شُمالی یٚس اندر چھِ، آیہٕ انگلستان تہٕ جرمنی کُن وٕسِتھ۔ لیکَن آسہٕ ہےٚ زیٚندی روزٕن بَٹہٕ گُڈر بٲسان۔ شہ زمانہٕ آسہٕ ہے تِہُنٛدِ خاطرٕ وٕلِٹہٕ۔ تِم اُسی تِمَن جایَن روزان، یئیتہٕ یِہ شینہٕ مالیٚن اُسی آسان۔ سائینس دان چھِ اَسہٕ وَنان زِ بحرِ روم چھِنہٕ تِمَن دوہَن سمنٛدر اوسمُت بلکہ چھِ تِم اَکھ بایِہ سَر اُسی میٖتھ۔ بحرِ قُلزم چھِنہٕ تیٚیلہٕ اوسمُتُے۔ یہ چھےٚ سارِے زمیٖنے اُسمٕژ۔ ہندُستانُک اَکھ بوٚڈ حِصہٕ چھُ غالِبَن اَکھ جزیرٕ اوسمُت۔ پنجاب تہٕ سانِہِن ریاستَن ہِنٛدِ کینٛہہ حِصہٕ چھِ سمنٛدر اُسی میٖتھ۔ ذِکر اَنداز زِ سوٗرُے جنوبی ہندُستان تہٕ مَنٛزِیُم ہندُستان چھُ

---

[۱] Glaciers.

اَکھ بوٗڑ جزیرٕ یُس کوہِ ہمالیہ نِشہِ الگ چھُ سپُد مُت۔ ژٕ ییہ
آسہٕ تھؠ تتھ ییٚلہِ مسوری تام کیٚنژھا سمندری جہازن کھؠسِتھ گژھن
ہیوان۔

ییٚلہِ انسان آو گوڈٕ آسہٕ ہٕن تس اَندۍ پکھہِ واریاہ بُڈِ
حیوان آسہٕ میتہ۔ انسانس آسہٕ ہہ تہٕنٛدِ خوف آسان۔ وُنی کٔین چھُ
انسان دُنیاہک مالک۔ سُہ چھُ حیوانن ہنٛز کرناوان یہ سُہ یژھہ
کیٚنژن چھُ رچھان ــــ گُر، گاو، ہوٗس، ہوٗن تہٕ براڑ
ہنٛدکو پٲٹھۍ۔ کیٚنژن چھُ کھیوان تہٕ کیٚنژن چھُ سیٖٹھا ہنہ ماپنہ ہنٛدکو
پٲٹھۍ خوشی ہنٛدِ خاطرٕ گولی تہٕ لایان۔ مگر تِمن دوہن اوس نہٕ
سُہ مالک بلکہ اَکھ بیچوٗر پادایش، یمیس شِکار آسہٕ کران۔ سُہ
اوس وُلیہ ڈٔرِنٛدن نِشہِ دوٗر روزنک کوشش کران۔ وارِ وارِ گو
انسان پانس کھۄژرٕ دیوان سُہ بنیو زیادٕ طاقتور، یوٗتام سُہ
سارِوٕے جانورو کھۄتہٕ طاقتور بنیو۔ سُہ کیتھہ پٲٹھۍ ووت
اَتھ حدس تام؟ جسمٲنی طاقتہ کنہ نہٕ کینہہ، نکیاز ہوٗس چھُ تمہ
سنٛدِ کھۄتہٕ سیٹھا زوراور۔ صرف ووت سُہ عقلہٕ تہٕ دماغی
طاقتہٕ سٟتۍ اَتھ کمالس۔

اَسۍ ہیکو شعور یس اَتھ بڈ تس انسانہٕ سنٛد بو گوڈٕ ڈیکیو
دوہو پیٹھٕ اَز تام پےٚ کڈِتھ۔ بیٚیہ کنہ چھےٚ یہ عقلے یمہ انسان باقے

جانورَن ووشس مُجدا کورُ۔ اِنسانَن تہٕ حَیوانَن چھِنہٕ عملَن کانہہ فرق
اگر نہٕ عقٕل آسِہس۔

اِنسانَن یُس گوڈنِچھے بوڈ تہٕ نوٚو چیز دٔریاف کوٚرُن سُہ اوس
نار۔ اَسہِ چھِ اَزکل گٔنٛدکھ تیٖلِچہ سیٖتؠ نار زالان۔ مگر گٔنٛدکھ ڈٔبی چھےٚ
اَزکل بِلکُل نوٚو چیز۔ پرانہِ زمانہٕ اَسہِ تہٕ زٔقمق کَنہٕ ٹکراونہٕ سیٖتؠ نار
زالان۔ اَتہِ اَس اَکھ تیمبہٕ نیران سۄ اَس ہوٚکھس گاسس یا
کٔنہِ ہوٚکھس چیزس پیٹھ ترٛاونہٕ یِوان تہٕ نار اوس دزان۔ کُنہِ کُنہِ
اوس جنگلس پانے نار ہیوان۔ غالبَن تہٕ زٔقمق کَنہِ ٹکرہِ سیٖتؠ
یا بیٚیہِ کُنہِ سیٖتؠ۔ حیوان اَسہِ نہٕ تیوت چالاک زِ اَمہِ نِش ہیچہن
کیٛنہہ۔ مگر انسان اوس چالاک، تٔمی وُچھ نارُک فائدہ۔ نارَن ہِیوٚو
شُہ وَندس منز وُشُن تہٕ بٔڈی جانور یِمہ اَمی سٕندی دُشمن اَسہِ تِم
کھوٚشہٕ ناوِن تہٕ ترٛٲوِن ناوِن۔ لِہٰذا ییٚلہِ کُنہِ وِزِ نار آسہِ ہیوان
لُکھ آسہِ ہیٚن کوٚشش کران اَتھ دَزنہٕ تھاونچ۔ تِم آسہِ ہیٚن
اَتھ منز ہوٚکھ تیٚنہِ ڈٕکھریا گاسہ تراوان روزان تِمہٕ آسہِ ہیٚن
نہٕ بیٚزھان یہ گوٚژھ زھیتہٕ گژھن۔ واریاہ وارِ آسہِ تِموٚ ہیوٚت حکمت
زِ تِمو ہیٚکن بایہٕ تہٕ زٔقمق ٹکراونہٕ سیٖتؠ نار زالِتھ۔ یہ اَس
تِہنٛدِ خاطرٕ اَکھ بٔڈ دریافت۔ اَمی دٔستی تِمن باقے حیوانن پیٹھ
کیٛتھہ طاقت۔ انسان ہیٚوت تَتہِ پیٹھ دُنیاہس منز سرداری کرٕنۍ۔

# ۷. گوڑٕ کالُک اِنسان

پَتٕمہِ ژیٖتٕھ منٛز وُچھ اَسہِ زِ اِنسانن تہٕ حیوانن منٛز
یُس سٕہ بُڈ فرق اُس سُو اُس اِنسانہٕ سٕنٛز عقلہ ہِنٛز۔ اَمی عقلہ کِنؠ
یہٕ تِمن وُلہٕ حیوانن ہٕنٛدِ کھوتہٕ زیادٕ چالاک تہٕ زیادٕ طاقت ورتہٕ۔
آسہِ ہے تِمو یہِ فنا کوٚرمُت۔ تِمِکھے اِنسانہٕ سٕنٛز عقل ہُرے یہٕ تِمو
سٕنٛد طاقت تہٕ ہُریوو۔ گوڑٕ اُسہٕ نہٕ اِنسانن کیٚنٛہہ خاص ہتھیار
یِمَو سیٚتۍ تِم دُشمنن سیٚتۍ مقابلہٕ کرِہے۔ تِمہٕ اوس نِمَن صِرف کِنہٕ
ہیکان لٲگِتھ۔ پَتہٕ ہیوٚت تِمو کَنِین ہتھیارٕ مکٕہ، نیزٕ تہٕ بیٚترِ تہٕ باقے
چیز بناوُنی۔ اَسہِ وُچھے یہِ جنوٗبی کنگسٹن عجایب گرس تہٕ جنیوا کِس
عجایب گرس منٛز بیٚیہِ وارِیاہ ہتھیار۔

یُتھٕ زمانہٕ گوٚو وارٕ وارٕ ختم، یُتھ مُتعلق میٚلہ کم زیادٕ پَتٕمہِ
ژیٖتٕھ منٛز وَونِے۔ تِمہٕ مالِن گَے منٛز یوٗرپ تہٕ ایشیا منٛز ختم۔
تِمِکھے آتہٕ وُشنیر ہُریوو تہٕ اِنسانو ہیوٚت ادرٕ یور پھٲلُن۔

تِمَن دوہن اُسہٕ نہٕ ہیٚنہٕ مکانہٕ تہٕ باقے عمارژ۔ لُکھ اُسہٕ

گوٚپھن منز روزان۔ زمین دٲری اَسہِ نہٕ کران تییٚلہٕ۔ ژکھ اَسہِ میوٕ
ڈوٗنی تہٕ شکار کٔرِتھ میٚتھ جانوَر کھیوان۔ تِہنز آسہٕ نہٕ ژوچہِ تہٕ بتہٕ بنان۔
تیکیازِ تِہم اَسہِ نہٕ کھٕکھٕ منز کینٛہہ تہٕ ووبداوان۔ تِہم اَسہِ نہٕ زَنٛن پیوٗن
تہٕ زانان۔ مگر شاید آسہٕ ہیٚکن تِہم نارٕ آلاوِن پیٚیہہ ٹانہ گٕزان۔ تِہنٛز
اَسہِ تہٕ زنیٛنہٕ پیوٚنکھ باتہٕ نہٕ گُزٕرتہٕ کرٕبہ۔

مگر اکھ کتھ چھےٚ سیٚٹھاہ عجیب زِ یِم جنگلی انسان
اَسہِ زانان شکلہٕ بناونہٕ۔ یوٚدوےٚ تِہنٛز اوس نہٕ کاغذ، پینہٕ، پنسل
یا بُرُش آسان۔ تِہنٛز آسہٕ صِرف کنوٚ سِٹر نہٕ تہٕ کینٛہہ نوٗزُک اوزار۔ تِم
اَسہِ گوٚپھن ہٕنٛزن دیوَن پیٹھ زٕل دِتھ جاناوَرن ہٕنٛزٕ شکلہٕ
بناوان۔ تِہنٛز کینٛہہ شکلہ چھےٚ بِلکُل جان مگر تِم چھےٚ سارِے اکی
قسمٕکی خاکہٕ (Profiles) ژسےٚ چھےٚ پتاہ زِ یِم خاکہٕ بناوٕنی
چھےٚ سہَل۔ شُرِ چھہِ عموٗمَن یِتھےٚ کنٛہ شکلہٕ بناوان۔ یِمن گوٚپھن
منز چھےٚ گاش اوسمت۔ یہ چھُ ممکن زِ یِم آسہٕ ہیٚکن سیٚود ساد ژونگ
استیمال کران۔

یِمن لوٗکن ہٕنٛد مےٚ ذِکر کوٗر تِہنٛز چھِہ ونان "پالولی تھک"
یا پرانہٕ کنہٕ زمانٕکی لوٗکھ۔ اَتھ وقتس چھہ کنہ زمانہٕ اَو کینٛہہ وَنان تیکیازِ
ژکھ اَسہِ ساری اوزار کنٛین ہٕنٛدی بناوان۔ تِم اَسہِ نہٕ دھاتٕنٛ
ہٕنٛد استیمال زانان۔ اَز چھہِ سانٛی وارِیاہ چیز دھاتٕنٛ ہٕنٛدی بنےٚمٕتی

زیادٕ ترٕ شستٕر کو، مگر شئٹر یا سٔرتل اُسۍ نہٕ تیٚلہٕ زانان تیٚمن اُکس حرف کنہٕ تام نظر۔ یِیمہٕ سیٚتۍ کام کرٕنۍ سیٚٹھا مُشکل چھِ تہٕ تم اُسۍ یِیہٕ کٔنۍ استیمال کران۔

یُوٚت تام کتہٕ زمانہٕ موکلیٖو ہیٚوتُن۔ دُنیاہُک آب وہوا اوس بدلیوٚمت تہٕ ییٚتہٕ اُس گرمی پھیر مژٕ۔ شِنہٕ عالمُک اُسۍ دوٗرٕ بحرِ منجمد شمالی ہیٚس تام ژٕلی رٕتۍ۔ مژٕ ایشیا ہیٚس تہٕ یوٗرپس منٛز اُسۍ بٔڑی بٔڑی جنگل کھٔستۍ رٕتۍ۔ ییٚمن جنگلن منٛز وُچھ اَسہٕ انسان ہٕنٛز نوٚکپے ذات بسان۔ وارٕ وارٕ طریقو اُسۍ ییٚم لُکھ زیادٕ چالاک پرانہٕ کنہٕ زمانٕکۍ لُکو ہنٛدِ کھوتہٕ ییٚمن مُتعلق وُنۍ وَننہٕ آو۔ مگر ییٚم لُکھ اُسۍ توتہٕ پننۍ اوزار کنۍ ہنٛدۍ بناوان۔ ییٚم لُکھ تہٕ اُسۍ کنہٕ زمانٕکۍ لُکھ، مگر یہٕ اوس پٔتیم کتہٕ زمانہٕ تہٕ ییٚمن چھِ نان نیولولی ہٕنک، لُکھ یانے نوٚ کتہٕ زمانٕکۍ انسان۔

ییٚلہٕ ییٚمن نوٚ کنہٕ زمانہٕ کین لُکن ہنٛد مُطالہٕ چھِ اُسۍ کران اُسۍ چھِ ڈیشان زٕ دار یاہ ترقی چھِ آمژ کرنہٕ۔ انسانہٕ سٕنٛز عقل چھِ اُمِس باقیہٕ حیوانو کھوتہٕ سیٚٹھا ثرٕ تہٕ پکناوان۔ یِمو نوٚ کنہٕ زمانٕکۍ لُکو کٔر سیٚٹھا بٔڈ دٔریافت زمین لاگنے ہٕنٛز۔ تِمو ہیٚژ زمین وایِنۍ تہٕ پننۍ خوراک پانہٕ ووہداوُن۔ یہٕ اوس تِہنٛدِ خاطرٕ اکھ بوٚڈ چیز۔ ہر وِز جانوٗرن ہنٛد شکار کرنہٕ کھوتہٕ کوٚر تِمو پننۍ

خوٚراک زیادٕ سہل پٲٹھؠ حٲصِل۔ تِمَن ہیٚکہٕ زیادٕ آرام تہٕ زیادٕ وقت
سوچنہٕ خٲطرٕ۔ یِتھٕ تِمَن زیادٕ فُرصت بیٚٹھ یہِ تِتھیٚنٕ کرٕکھ زیادٕ ترقی
نوٚوۍ چیز دریافت کرنس تہٕ نوٚوۍ طریقہٕ ژھارنس منز۔ تِمَو ہیٚچِو بیٚشرو
بانہٕ بناوٕنۍ یِمَن منز ہیٚوت تِمَو پنُن خوٚراک رَنُن۔ تِہنٛدِ کینہہ اوزار
اُسہِ پٔرِتھ تہٕ کار آمد۔ تِمَو ہیٚچِھ گاو، ہوٗن، نیوٚر تہٕ ژھاوٕج ہوۍ
حیوان رَچھنۍ۔ تِم اُسہِ زانان کیٚپر وونُن تہٕ۔

تِمَو ہیٚوت مکانن یا پہرن منز روزُن۔ تِمَو مَن آسہٕ یِمہٕ
پہرِ بسرِن منز باگ بناوٕنہٕ یِوان، تکیاز وحشی حیوان یا بایہ نِکھ
اُسکھ تہٕ ہیکان تِتہٕ سہل سہل حملہٕ کٔرِتھ۔ تۆرے چھہ یِمَن لوٗکن پہر
بسکین نہٕ وَنان۔

ژٕ آسکھ حٲران گژھان زِ یوٚت علم کیتہٕ گوٚ آسہِ یِمَن لوٗکن
مُتعلق پٲدٕ، تِمَو چھنہٕ کِتابہٕ لیچھمٕژ۔ مگر مےٚ چھےٚ ژٕ یےٚ بَرٕونیٚتھےٚ
وۆنمُت زِ یِمہٕ کِتابہٕ منز اُسہِ یِمَن لوٗکن ہنٛز دلیل بَران چھےٚ، سو
چھےٚ قوٚدرتٕچ بَڈ کِتاب۔ یہِ کِتاب پَرنۍ چھےٚ گَفہٕ کَھتھا۔ اَتھ چھےٚ
سیٹھا صَبرٕک ضروٗرت۔ واریاہو اِنسانو چھےٚ یہِ کِتاب پَرنہٕ خٲطرٕ
پننہٕ زِندگیہِ صرف کٔرمٕژ۔ تِمَو چھےٚ سیٹھا پرانین وقتن ہنٛدۍ
پوٚت کٔرِتھ وارِ انیدٕ اوٚس منز جمع کٔرِ متھ — یِم چھےٚ آہستہٕ بَڈٕ پن
بَڈٕ پن عجایب گرن منز جمع کرنہٕ۔ اُسہِ ہیٚکوٚ تِتہٕ ژٕ ژٕ سُنتھ بیکرٕ،

پانہ کینوننبر، پسڑنہ تہ بئیہ واراہ چیز وُچھیتھ ۔ ییم چیز چھِ نوِ کینہ
زمانہ کیو لوکو بنٲوِ متھ ۔ تمے چھیتھ پانہ بیٚیٹھو واراہ چیز وُچھیتھو
خبر تیم مأ آسنے تہ تمے مٔشیتھ گٲمتو ۔ اگر تہ تیم بئیہ اکہ لٹہ وُچھنکھ
تمے ترٚنے ۔ تیم جان پاٹھو گوٚڈنی فکر ۔

میٚے چھُ یاد زِ جینوا کِس عجائب گرس منز اوس شرون منز
روزن والین ہُند اکھ سیٹھا رُت ماڈل ۔ لکرِ ہِندیو کھمب اُسو
سَرس منز دباونہ آمتو ۔ ییمن کھمبن ہِندین کلن پیٹھ اوس لکرِ ہِندے
فرش تراونہ آمُت ۔ اتھ فرشس پیٹھ آسہ تمہِ نجو بہر بھقونہ آمرتہ
یہ سورُے اوس اکہ لوکٹہ کدلہ سیتو زمینہ تام رلاونہ آمُت ۔

ییم نوِ کینہ زمانچ انسان اُسو جانورن ہِند ہیلہ سیتو
نتہ کٹنہ کُنہ پھلکس کیو موملی ٹکو سیتو پان وَلان ۔ پھلکس
چھُ اکھ کُل بیٚیمہ کیس جُرٕ دلن کپڑ چھُ بنان ۔ از کل چھُ لِنن
کپڑ اُتھی بنان ۔ مگر تیمن دوہن آسہ پھلیکس کپڑ سیٹھا
پُچھہر ۔

ییم لوکھ گئے ترقی کران ۔ تیمو ہیٚچھ تراموک نتہ سترلہ
ہِندی اوزار بناونی ۔ تمے چھے پتہ زِ سترل چھ ترام تہ ٹین
رلہ وِتہ رلاوِتھ بنان تہ ییمو دوشو لوکھ تہ چھے دٕر آسان ۔ تیم
اُسو سونن نتہ استیمال کران تہ اتھ پیٹھ اوسکھ فخر تہ تیمن اُسو

سونکہٕ گٕژھنہٕ آسان۔

یِہم لوکھ آسن قریب داہ ساس وُری برونٛہہ اَسۍ پیٚتھ۔ بہر حال
اَسہِ چھنہٕ ڈٲرِس تاریخ یا زمانہ خبر۔ عموٗمَن چھےٚ قیاسَن پیٚٹھٕے زیادٕ
کام چلان۔ ژٕےٚ آسہِ تہٕ وُچھمُت زِ وُنیُستام اَسۍ اَسۍ لَچھ وادَن
وُری بَن ہیٚنز کتھہٕ کران۔ وونی چھہِ اَسۍ وارٕ وارٕ موجوٗدٕ وَقتَس
تام واتان۔ یِہمو نوٚ کنہِ زمانہٕ کِیو اِنسانو پیٚٹھٕ اُزی کین اِنسانَن
تام چھنہٕ کانٛہہ ژھیٚن یا کانٛہہ ہنگنہٕ مَنٛگنٕے تبدیلی۔ مگر تو تہٕ
چھہِ اَسۍ نَنہِ ہیٚندِ کھوتہٕ سیٹھا مختلف۔ یِہمہٕ تبدیلی آیہٕ وارٕ وارٕ
یِہتہٕ کٔنٛہو قدرتی طریقے چھہٕ۔ مختلف ذاژ گیٚیہِ بَڈان۔ پرٛیتھ
کُنہِ ذاژِ ژٕٹ یِنہٕ نی وَھتا۔ تہٕ یِنہٕ نی زندگی ہِنْدِ طریقہ ہیوٚتکھ
لَسُن بَسُن۔ دُنیاہکین مختلف حِصَن منز اوس مختلف آب
تہٕ ہَوا تِہٕ لوکن اوس اَتھی مُطابق رَلُن پیوان۔ وارِیاہ بَدٕ لیبیہ
تہٕ مگر اَتھ مُتعلق کرو اَسۍ یِنہٕ کَتھہ باتھ۔ اَز چھُس یہٕ اَکھ بَدَل
کَتھہ ژٕےٚ وَنِو بَڑھان۔ یِہنٛدِ نوٚو کنہِ زمانہٕ مع کلیو، اِنسانَن
پیوٚ اَکِس بَچہ بَلایہ ہُند مقابلہ کرُن۔ مےٚ چھےٚ ژٕےٚ برٛونٛہہ تُہنٛدٕے
وٚوٚنمُت زِ بحر روم اوس تہٕ تِہَن دوہن سمندر۔ تِتہٕ اَسی کینٛہہ
سَرنہٕ تِہمَن سرَن منز اَسی وارِیاہ لوکھ روزان۔ ہٕنگہ تہٕ مَنٛگہ
گےٚ سو زمین وِیہ لیوٕ جبرالٹرس نزدیک یورپس تہٕ افریقہ ہیٚس

منز باگ ٲس۔ بحرِ اطلانٹِکُک آب پیوٚو بحرِ روم چہِ سینہِ وادی منز
آب گوٚو وسان اَکھ منز تہٕ اَکھ گوو بران۔ تتہٕ ٲسۍ رؤسی انسان آسن
پھٔشِتھ میتھ یِم اَکھ نزدیکہ روزان ٲسۍ بایِم شِرن منز ٲسۍ تِہٕ تیم ہیکہٕ ہن
نہٕ کُن کُن ژٕلِتھ۔ ہمنہٕ بدِ نے میلن تام اوس آبِے آب۔ بحرِ اطلانٹک
گوو آب ترٛاوان یوٚت تام وادی آیہِ بٔرِتھ تہٕ بنیتھ پانٔژھ بنیوٚو بحرِ روم۔
ژٔتمے آسِتھ بُڈِس رٲلابس مُتعلق یوٚز مُت تہٕ شاید پوٚرمُت تہٕ۔
بائیبل تہٕ چھِ اَکھ مُتعلق لیکھان تہٕ سانہِ کیتھہ سنسکرت کِتابہٕ تہٕ
چھےٚ اَتھ کُن اِشارٕ کران۔ مُمکن چھُ یہِ آسہِ یوٚہَے سالاب
بیٚیلہِ بحرِ روم آسہِ ہیے بَرنہٕ یِوان۔ یہِ ٲس اَکھ خطرناک تباہی تہٕ
کیتھہ لوٗکھ یِم ژٕلِتھ نیچے میتھ آسہِ ہن نیمو آسہِ بنیتن شُروٗن
یہِ دلیل وُنی مرِتہٕ یِتھہٕ پانٔژھ آسہِ یہِ دلیل پیٚپرِ یتھہٕ بیپرٲسہِ تام
واٲژ مٕژ۔

# ٨- بیوٚن بیوٚن ذٲژ کِتھہ کٕنۍ بنیہٕ؟

اَسہ کرٕ پتِمہ چیپٹرٕ منٛز نوٚ کتیہ زمانٕکیٚن لوٗکن مُتعلق کتھ باتھ یِم زیادٕ تر سرٕن منٛز بنیہ میتیٚن مکانن منٛز روزان آسی۔ اَسہ وُچھ زِ تِمو آس واراہ ہیوٚرژنگو واریاہ ترقی کٔرمٕژ۔ تِمو آس زمین لاگنی ڈٕری یاف کٔرمٕژ۔ تِمہ آسی رٔٹۍ ہیوٚتہٕ زانان بیٚیہ آسی پننہ فایدٕ خاطرٕ جانوَر سیوٚد کرٕنۍ تہٕ زانان۔ ساسہٕ بدو وٕری بروٚنٛہہ سپُد یہِ سورُے کینٛہہ نہٕ اَسہ چھُنہٕ یِمن مُتعلق زیادٕ پتاہ مگر اَز کل یِم ذٲژ دُنیاہس منٛز چھےٚ تِم چھےٚ غالبن یِمہٕ نیٚ نوٚ کتیہ زمانٕکیٚن لوٗکن ہٕنٛدۍ زُرۍ۔ اَسہ چھےٚ خبر زِ اَز کل چھےٚ یٔتہٕ سفید ژٕمہ ہٕنٛدۍ لوٗکھ، لیٚدرٕ رٔنگۍ لوٗکھ تہٕ کٔنہ رنٛگہٕ لوٗکھ بیٚیہ چھےٚ کرٛہنۍ لوٗکھ مگر یُہُنٛد چھےٚ یہ زِ انسان یِمہٕ نیٚ ژوٚن ذٲژن منٛز بٲگرٕن چھُنہٕ سہل۔ ذٲژ چھےٚ پانہٕ وأنۍ رٕلے مٕژ تہٕ یہِ وَنُن چھُ مُشکل سیٹھاہ زِ کُس چھُ کمہِ ذٲژ ہُنٛد۔ سائنس دان چھِ لوٗکن ہٕنٛدۍ کلہٕ مینان تہٕ کُنہ کُنہ چھِ ہیکان ذٲژ ہٕنٛز پتاہ وٕنِتھ۔ ذات معلوٗم کرنہٕ چھِ بیٚیہ

نہ واریاہ طریقہ۔

ییم بیٚون بیٚون ذاژ کیتھ پاٹھۍ آیہ وجودس؟ اگہ تِکھ ساری
اکی ذاژ ہنٛدی زُری چھہ، تتیلہ کیازِ چھکھ پانہٕ وأنی ییژ فرق
ووہنی۔ ژِ ستہ چھےٚ پتاہ زِ اکس جرمنی ہنٛدِس انسانس تہٕ
حبشی یس چھےٚ واریاہ فرق۔ اکھ چھہ شکل تہٕ بیاکھ کرہ ہمن
جرمنی ہنٛدِس انسانس چھہ مس ذرا کاژُر تہٕ زیوٗٹھ آسان، حبشی یس
چھہ کرہ ہن، ژھوٗٹ تہٕ کاوی دار مس آسان۔ چینک چھہ ریمو
دوشوے یونش مختلف۔ یہ وَنُن چھہ سیٹھا مشکل زِ یہ فرق
کتہٕ آیہ۔ مگر اَسہ چھہ اَمہ فرقہ ہنٛدی کینہہ وجوہات تہٕ پتاہ مےٚ
چھےٚ ژِ ستہ برونہہ ووٚنمت زِ میٚتھے حیوانو پننۍ پان اَنٛدی پکھس
ہیبو بنو وِ تہم بدلے یہ وارِ وارِ۔ یہ چھہ ممکن زِ جرمنکو یا حبشی آسن
کُنہ ووٚزِ مختلف قسمہ کین انسانن ہنٛدی زُری۔ مگر اکہ نتہٕ بیٚیہ
ساتہٕ آسن تِہِمن کُنی جُدا اَسی ہیو۔ تورے آسہ یہ فرق اَنٛدی پکھس
سیتی رلنہ چہ عملہ سیتی ییژ ہش۔ نتہٕ چھہ یہ وجہ زِ کینژن حیوانن
ہنٛدی پاٹھۍ چھہ کینہہ انسان باقیَن ہنٛدِ کھوتہٕ زیادٕ آسان پاٹھۍ
اَنٛدی پکھس سیتی رلے ہیو۔

اکھ انسان یُس دوٗر شمالس منز آسہ سخت سردی یہ تہٕ
ییخس منز روزان سہ کرِ تیٚمہ برداشت کرنک قوت پادٕ۔ اسکیمو چھہ

اَز تہٕ شُمالہِ کین بیٚنہٕ ماُدانَن منٛز روزان۔ تِم چھِ سخ تیز ژٲلِتھ
ہیکان۔ اگر تِم سائنس ہیوِس گَرم مُلکس منٛز انوکھ، تِم مَرَن نَنہٕ واٮ۪ہٕ
نِکیا زِ تِم چھِ باقٕے دُنیاہس نِسبتہٕ ژھیٚنِتھ۔ بیٚیہ چھےٚ تِمن مُشکِل
زندگی گُذارٕنۍ پیوان، توٚرے چھُنہٕ تِمو تیوٚت ہیٚو چھمت یوٚت باقٕے
دُنیاہکین حِصن ہٕندیو لُوکو چھُ۔ افریقہٕ ہکیو لُوکھ یا تِم لُوکھ ییم
استوائی خطس نزدیٖکھ چھِ روزان تہٕ ییٚتہِ سیٹھا گَرم چھُ
آسان، چھِ گرمی برداشت کرنک عادت ہیٚوٚد کران۔ افتابٕچ سخت
گرمی چھےٚ تِمن ژَم کرٕہن بناوان۔ ژٕٔےٚ چھےٚ خبر زِ اگر ژٕ سَمندر
بٹھِس پیٹھ یا بیٚیہ کُنہِ جایہ زیادٕ کالس تام پیس بہِتھ تِمہ کھوٚتہٕ
بَنَکھ گینٛٹھام ہش یا کرٕہنہٕ ہش پژھ زِ چھکھ۔ اگر ژٕ کینٛژَن
ہفتن تام پژھ ہتران کرہٕ، پَتہ کرٕہنہٕ ہش بَنَکھ نیٖلہٕ کو تاہ کرٕہن وُہنہٕ
شہ انسان یِس تام پیس منٛزٕ ــــــے روزُن چھُ پیوان۔ تہٕ اگر ہٕتہٕ بدنہٕ
ونۍ ین لکھہ گرم مُلکن منٛز روزان چھِ، ماُلی، تہٕندۍ شُرۍ، تہٕندۍ
شُرین ہٕندۍ شُرۍ تِم گرٕٹھن دِہ ہِہ پَتہٕ دوہہٕ کرٕہنہن یوٚتام
تِم بلکُل سیاہ بنن۔ ژٕٔےٚ چھےٚ ہٕندُستانکۍ گرٕسی کھیٚتن منٛز
کام کران وُچھمت، تِم چھِ نیٚتہٕ غریب آسان زِ تِمن چھُنہٕ زیادٕ پلَو
تہٕ باقٕے چیز آسان۔ تِہنٛز ساریٖے تن چھےٚ تاپہٕ کرٕہ اوسیتو دزان تہٕ
تِہنٛز ساریٖے زندگی چھےٚ ییتھےٚ کنہ گُذران۔ توٚرے چھُ تِمن کرٕہن

## سیڈن پیوان

لیہٰذا اوٚچھ اَسہِ زٕ لوٗکن ہٕنٛزِ ژھمٕہ تہٕ انہارُک دار و مدار چھُ
نٕتہٕ آب و ہواہس پیٚٹھٕ یتھٕ منٛز تِم روزان آسن۔ اکھ چھٕنہٕ کانٛسہِ
ہٕنٛدِس رٕنٛزس، خوٗبصورتی یا صفائی سیٚتھ کانٛہہ واٹھ۔ اکھ سفید
انسان یُس گرٕم جایہِ روز تِمس چھُ کرٕہٕمُن بنُن۔ ووٚنۍ گو اگر نہٕ سُہ
پنُن پان تاپہٕ تہٕ گرمی نِشہِ وا وچو تہٕ سرٕد خانو سیٚتھ بچاوِ۔ ژٕلے
چھُس پنٛاہ زٕ اَسہِ چھِ کانٛشرۍ۔ زِ ہِہتہِ وٕرۍ تہٕ زیادٕ دٕرے برونٛہہ چھِ
سانۍ جد کشیرِ منٛز روزان آسہِ ہتۍ۔ کشیرِ منٛز ووٚچھہک ژٕسارۍ
گرٕہسہِ کیٚہو موٚزوٗر انہار کینہو رٕتی۔ یہ چھُ اوٚوے کینہو زِ کشیرِ ہٕنٛد
آب و ہوا چھُ سرٕد مگر یِمے کانٛشرۍ بیٚیلہِ ہندوستانکہِن مختلف
حِصَن منٛز یوان چھِ یِتیٚنہ گرٕم چھُ آسان تِم چھِ کینٛژہو پیرو پتہٕ کرٕہٕمہٕ
بنان۔ سانۍ واریاہ کانٛشرۍ دوس چھِ بِلکُل صفا باقۍ چھِ بِلکُل کرٕہٕمہٕ
یِہتیٚس زیادٕ کالس کانٛہہ کانٛشُر گرٕہِ ہندوستان کِس کُنہِ حِصس منٛز
روٗدمُت آسہِ سُہ آسہِ تبوٚت زیادٕ کرٕہٕمُن۔

لیہٰذا چھُ آب و ہوا انہارُک تہٕ رنٛگُک سارِوے کھوتہٕ
بوٚڈ وجہ۔ کیٚنٛہہ لوٗکھ چھِ گرٕم مُلکن منٛز روزان مگر تِم چھِ نہٕ کھُلہ
ہوٚہس منٛز کام کران۔ بیٚیہِ چھِ تِم واریاہ اَمیر آسان تِم چھِ بڈٕ بن
مکانَن منٛز روزان۔ تِم چھِ پننہِ پانُک تہٕ انہارُک نہِ خیال تھاوان۔

تہٕنٛدِس ہوٚس گرٕس چھِنہٕ آب و ہوا زیادٕ اثر کران اگر تِم پیٚدٕ وادن نہٕ گرم مُلکس منٛز روزن مگر پانہٕ کأم نہ کرن تہٕ بیٚیَن ہٕنٛز کمایہ پیٚٹھ زِنٛدٕ روزُن چھِنہٕ ٹھیٖکیٖن لایق کٔرِتھ۔

ہِنٛدُستانُک شُمٲلی حِصّس یانے کشمیر تہٕ پنجابس منٛز وُچھکھ ژٕ زِ لُکھ چھِ عموماً خوش شکل۔ مگر بیٚتھے ژٕ جنوبس کُن پکھ لُکھ چھِ کٔرٕ ہیٚنۍ۔ مدراسس تہٕ لنکایہ منٛز چھِتھ ژٕ تٔتۍ وُچھِتھ ز لُکھ چھِ بِلکُل سِیاہ۔ بہرحال ژٕ ہیکھ یی وٕنِتھ زِ یہ چھُ آب و ہوا ہُندُے اثر۔ تیٚلہ یُتھے ژٕ جنوبس کُن پکان چھکھ ژٕ چھکھ خطِ استواہس نزدیٖکھ پکان تہٕ تیٚز چھےٚ گرمی تہٕ ہران۔ ہِندُستانُک مختلف حِصَن منٛز چھُ رنگن ہُنٛد فرقہ ہُنٛد بُنیادی وجہ یوٚہے۔ ییٚتہٕ وُچھکھ ژٕ زِ یمن فرقن ہُنٛد وجہ چھُ کینٛژھا بُنیادی ذاتن پیٹھ نہٕ ییم ہندُستان آیہ۔ کینٛژہہ ذاژ چھےٚ پتہ کالہ ہندُستان آمژ۔ یوٚدوے تِمو وارہس کالس لوٚب روزٕنچ کوشِش کٔر، مگر تِم ہیٚکۍ نہٕ رٔلِتھ گژھنہٕ نِش بچِتھ۔ وونۍ چھُ سیٹھا مُشکل وَنُن زِ کانٛہہ خاص ہندُستٲنۍ چھُ کُنہِ خاص بُنیادی ذاژ ہُنٛد زُر۔

●

# ۹- انسانن ہینز ذاتہ زبانی

اُسہ ہیکوئے نا پیہ ڈنبھہ نہ دُنیا بِکس کتہ جتس مش، آ و انسان
گوڈنیتہ وجود دس مش۔ نہ چُھٹے اسہ پیہ پتاہ نا انسانا ہیتر گوڈنیکو
بستی پہ کتنے آسہ۔ شاید آو انسان وار اہتن جاین کم زیادا کی وقتہ
وجود دس۔ بیبلہ تینا زمانس مش بڈی بڈی شسنہ مالیغ و بلگان اُسہ
تہ شمالس کن اُسہ زمان، انسان اوس گرم علاقن مش روزان۔ بیبلہ
تینغ موکلیوو بتنا آسہ ہتن بڈی بڈی ماڈان اُسہ مستو۔ ہیتہ کتنو از کل
سائیبیریا ہس مش۔ ٹٹ ٹرا عادان جہ۔ ہیم آستن بنے مستو کاسہ نیرک
تہ انسان آسہ ہتن ہیمن مش پھیران ہفوران۔ تیکیا نہ ہیمتن اوس
پنہین چار و اپن ہہند خاطر کاسہ بیکار آسان۔ تینم لکھ ہیمتن نا روزنا
خاطر مقررہ جاپاہ چھٹے آسان تہ ہمیشہ جہ آسان پھیران ہتمن
جہ خانہ بدوش ( Nomads ) وَنان۔ ہیم خانہ بدوش جہ ازتہ
وار اہتن مُلکن مش۔ ہیتہ کتنو ہندُستانس مش وُنہ تہ کُلی فقیر ——
Gypsies جہ۔

لُکھ آسہٕ ہمَن بڈٕین دٔرِی یاوَن نزدیکھ بسٕتی بہٕ بساوان
تِکیازِ دٔرِی یاوَن نزدیکھ یوسہٕ زمین آسان چھےٚ سو چھےٚ ہمیشہ تہٕ
سٔرس زمین آسان۔ یہٕ زمین چھےٚ زمین لاگنہٕ خاطرٕ تہٕ رٔژ آسان۔
أتہٕ اوشکھ آب تہٕ کافی آسان تہٕ خورٕ اک وۄہ پداوُن اوشکھ سہل
بنان۔ أسہِ چھِ اوسے أنداز کران زِ ہندوستانس منز تہٕ آسہٕ ہمَن لُکھ سِندھ
تہٕ گنگا یہِ ہیوٚن بڈٕین دٔرِی یاوَن نزدیکھ بسی مِتہٕ تہٕ عراقس منز ٹِگرِس
تہٕ فرات دٔرِی یاوَن نزدیکھ تہٕ میصرس منز دریاےٚ نیلس نزدیکھ۔
یِتھےٚ کٕنہ چھیِنس منز تہٕ۔

ہندوستانچ گوڈٕنیچ ذاتھ یمنہٕ متعلق آسہٕ کم زیادٕ پتاہ
چھ اُس دراوڈٕن ہنز یتہٕ آریہٕ تہٕ مشرقس منز منگول۔ جنوبی
ہندوستانس منز چھِ اَز تہٕ سیٹھا لُکھ دراوڈٕن ہندِ نسل۔ تِہندِ
رنگ چھُ شمالی ہندوستان کین لُکن ہندِ کھوتہٕ زرا کرٕہن۔ تِکیازِ
شاید چھِ دراوڑ زیادٕ کالس ہندوستانس منز رۄزی مِتہٕ۔ تِم أسہِ
سیٹھا تہذیب یافتہ لُکھ، تِمَن آسہٕ پننہٕ زبانی تہٕ بیٚین لُکن سیتہٕ
اوشکھ واریاہ کاروبار تہٕ۔ مگر أسہِ چھِ سیٹھا تیز بروٚنہہ پکان۔

تِمَن پتہٕ آمِن دۄہ ہمَن أس منزٕ میس تہٕ مغربی ایشیاہس
منز بٔیہِ مشرقی یورپس منز اکھ نوےٚ ذاتھ بڈان۔ اَتھ چھُ آریہٕ
ذاتھ ناو۔ سنسکرتس منز چھُ یوٚہے لفظ आर्य آریہٕ یمیک

معنے شریف انسان یا تھدِ خانوادُک انسان چھُ۔ چونکہ سنسکرت
تہٕ اُس آریَن ہٕنٛز اکھ زبان۔ اَمیُک مطلب گوٚو زِ تِم اُسی پانس
شریف یا تھدِ خانوادٕکۍ انسان زانان۔ اَز کل کیٚن لوٗکن ہِنٛدی
پائٹھۍ اوس تِمن تہٕ وانہٕ گُمنٛڈ۔ ژٕٹے چھےٚ پَتاہ زِ انگریز چھُ زانان پانس
زمینہٕ ہُنٛد گوڈنیُک انسان۔ یہِتھےٚ کٕنٛہ چھُ فرانس کیٚن غرور زِ تِمہٕ چھ
سارِوۍ کھوٚتہٕ تھدۍ لوٗکھ۔ یِتھےٚ کٕنٛہ چھُ جرمنی ہِنٛدِین امریکہ کیٚن
تہٕ باقین تہٕ۔

یِم آریہ پھیرۍ شمالی ایشیا کیٚن تہٕ یورپ کیٚن بٔڑیٚن
گاسہٕ مَیدانن منٛز۔ مگر یِمتھے تِہُنٛد تیداد ہُریوو۔ آب و ہوا بنیوو خوٗشکھ
تہٕ زمین گےٚ گاسہٕ روٚس۔ تِمن بنیوو نہٕ کھینہٕ خاطرٕ سارِنی خوراک۔
تِم گےٚ دُنیاہکیٚن باقے حصن منٛز خوراک ژھارنہٕ خاطرٕ مجبوٗر
تِم پھٔٹۍ لے یہ سارۍ ہے یورپس تہٕ آیہٕ ہِندوستان، ایران تہٕ عراق۔
تۄہےٚ چھِ اُسی وُچھان زِ یوٗرپکۍ، شمالی ہِندوستانکۍ، ایرانکۍ تہٕ عراقکۍ
لوٗکھ چھِ کُنہٕ ہے جدَن ہِنٛدۍ نسل۔ اگرچہ اَز کل چھُکھ پانہٕ وانۍ فرق
تہٕ۔ یِہِنٛدۍ جد چھِ ہیے آریہ۔ بہرحال یہ چھےٚ سیٹھا بروٚنٛہ تِہُنٛد کتھ
تہٕ یہِ چھِ دار یاوہ وافات سپدۍ مہتی۔ تہٕ ذاتٕ ژ چھےٚ دار یا ہس
حدس نام رٕلے ہِش۔ لہٰذا چھِ آریہ اَزۍ کر دُنیاہکیٚن لوٗکن ہِنٛز اکھ
بٔڈ جدۍ ذاتھ۔

دوٚیم اَڈ ذاتھ چھےٚ منگولن منز یہ پھاٚلے یہ ساری پے
مشرقی ایشیاہس منز یعنے چینس، جاپانس، تبتس، سیامس تہٕ
برماہس منز تیمن چھ کُنہ کُنہ لیڈر ذاتھ تہٕ ؤنان۔ یِم چھکھ زٕ
تیمن چھےٚ عموماً تھر، تجھو اَڈی جہ تہٕ ریچھ اٚچھ آسان۔

افریقہ کِس تہٕ کیشٕرٕ بیین جاین ہندین لوکن چھ حبشی
ؤنان یِم نہ چھ آریہ تہٕ نہ منگول۔ تیہند رنگ چھ سیٹھا کرٛہُن۔

عربکی تہٕ فلسطینکی لوکھ یعنے عرب تہٕ یہودی چھ اٚکس
بیٚیس ذاتس سیتی تولُق تھاوان۔ یِم سارِے ذاژ چھےٚ ساسہ بدِ نے
ؤریِن منز اکھ اٚکِس نِش ژھینِتھ مژٕ تہٕ لہٕ کچھ لوکچہ ذاژ بنے مژ
تہٕ کیشرٕ ہارلے مژٕ تہٕ۔ مگر اَسہ چھنہ یِمن متلق زیادہ پریشانی
ہٮ۪نچ ضرورت۔ یِمن ذاژن منز فرق کرنچ اکھ اہم تہٕ دلچسپ وَتھ
چھےٚ یہ اٚسی وُچھو تیہنز زبانی۔ یہ سیٹھا کُنہ ذاژ چھےٚ بُنیادی طور
اکھ بیٚون زبان اٚسٕ مژٕ۔ مگر زمانہ یِتھے گُذران گو۔ امہ اکہ زبانی منز
چھےٚ واریاہ زبانی دراممژٕ۔ مگر یِمہ سارے زبانی چھےٚ اٚکس اکِر
زبانی ہنز لنجہ۔ یِمہ چھےٚ اٚکی پے خاندانس سیتی واٚٹھ آسان۔
اٚسی ہیکو اَچھِل پاٹھی یِمن ہندی مشترکہ لفظ وُچھِتھ تہٕ یِتھہ
پاٹھی ہیکو مختلف زبانین ہُنٛد پانہ وانی تولُق لبِتھ۔

یِیلہ آریہ ایشیاہس تہٕ یورپس منز پھاٚلے یہ تیمن روٗد نہ

پانٕہ وٲنؠ تیوٗت واتھٕ. تیمَن دوہن آسہٕ نہٕ ریلہٕ یا تار، ڈاک خانہٕ یا
لیکھنٕچ کِتابہٕ. آرین ہنٛدِ پرٛیتھ جماعژ ہیٚیژ کُنہِ زبان بولنہٕ پننہٕ
پننہٕ طریقہٕ. کیٚنژن کالہٕ پتہٕ بنے یہِ آگرٕ زبانہِ نِش بلکُل مختلف
یا آرین ہنٛدین مُلکن منٛز بنے یہِ پننین پتھرین زبانین نِش
مختلف. اوے سببہٕ چھہٕ از کل دُنیاہس منٛز اَسہِ بیٚیژ زبانہِ وُچھان.

بہرحال اگر اَسہِ یِم زبانہِ پرٛیہو کھ اَسہِ وُچھوٚ آگرٕ زبانہِ
چھہٕ کیٚنہہ مگر اَزۍ چھہٕ زبانہِ چھےٚ وارِیاہ. مثلن یوٗت یوٗت آریہ گے
تَتہٕ چھہٕ زبانہِ چھےٚ آرین ہنٛزٕ سے. سنسکرت، لاطینی، یونٲنی، انگریز
فرانسیسی، جرمن، تہٕ اِٹلی ہنٛزٕ زبانہِ تہٕ بیٚیہ کیٚنہہ زبانہِ چھےٚ پتھرٕ بیٚنہ
تہٕ یِمہ چھےٚ آریہ ذٲژ ہنٛزٕ سے. سانہٕ وارِیاہ ہِندوستٲنی زبانہِ ہندی
اُردو، بنگٲلی، مرٲٹھی تہٕ گجرٲتی سارےٚ چھےٚ سنسکرت چہِ کوٗرِ توٗرے
چھےٚ یِمہ تہٕ آریہ ذٲژ ہنٛزٕ سے.

بیاکھ بٔڈ زبانہِ ذاتھ چھےٚ چیٖنچ. اَمِچ یوٗنی چھہٕ چیٖنی، برمی
تبتی تہٕ سیامی.

ترٛیِم جماعتھ چھےٚ عبرٲنی ذٲژ ہنٛزٕ. یمہ منٛز عربی تہٕ عبرٲنی
شامِل چھےٚ کیٚنہہ زبانہِ مثلن ترٛکی تہٕ جاپٲنی چھےٚ یِمن ترٛین ذٲژن منٛز
یوان. کیٚنہہ ہِندوستانچہ زبانہِ مثالے تامل، تلگو، ملیالم تہٕ کنڑٕ چھےٚ یِمن
جماژن منٛز یوان. یِمہ ژور زبانہِ چھےٚ دراوڑ قومچہ تہٕ یِمہ چھےٚ سیٹھا پرانہٕ.

# ۱۰- زبانٕن ہُنٛد رِشتہ

اَسہِ وُچھ زِ آرِیہ کیٚتہِ پاٹھی پھٲلی یہٕ واریاہن مُلکن منٛز
تہٕ پننہِ زبان یوٚسہٕ اَسکہِ کیٚتہِ پاٹھی نیٚیکہ سیٚتہِ یوٚت یوٚت تِم
گیہ ؟ مگر بیٚیون بیٚیون آب وہوا ہن تہٕ بیٚیون بیٚیون حالاتو کٔر آریاہن
ہِنٛزن مختلف جماژن واریاہ تفاوُت پٲدٕ - ہر کانٛہہ جماعت گیہ پننی
شکلہِ منٛز بدلان - نوٚو عادت تہٕ نوٚو طور طریقہ کٲنٛہہ پٲدٕ تِم ہیٚکہٕ نہٕ
بیٚیین مُلکن ہِنٛزن جماژن سمکھِتھ - تیٚلیہ زِ تِمن دوٚہن اوس سفر
کرُن سیٹھاہ مُشکل - ہر کانٛہہ جماعت اُس بیٚیین جماژن نِشہٕ
ژھینٛنٛہِتھ - اگر اَکہ مُلکُک لوٗکھ اَسی کانٛہہ نوٚو چیز ہیٚچھان - تِم اَسی نہٕ
بیٚیین مُلکن لوٗکن سٕتہٕ وَنِتھ ہیٚکان - یِتھہٕ کٕنۍ آیہ تبدیلی تہٕ
کیٚنٛژو پیٚپرو پتہٕ گیہ اکھ آریہ ذات واراہن ذاژن منٛز تقسیم -
شاید گوو تِمن مُشکِل بٕتھی زِ تِم ما اَسی اَکی سے بجہ ذاژہ ہنٛدی لوٗکھ -
تِہنٛز اکھ زبان بنیہ واریاہ زبانٕ ییم اکھ اَکس نِشہٕ واراہ مختلف
باسان آسہِ -

چھنہٕ وو زٕم ننہٕ آمتھ۔ یِہم آسہٕ ہٕن اَکی خاندانکو تہٕ یِمہٕ وِے جدو
پیٹھ آمتو۔ اَمہٕ تلہٕ ہیکو اَسی وٕنِتھ زِ یِم لوٗکھ مختلف مُلکن منٛز
دوٗر دوٗر روزان چھہِ بیٚیہ چھہِ مختلف زبانٕی بولان تمہٕ آسہٕ ہٕن اَکہ
وَقتہٕ اَکی بَڑٕ خاندانکو لوٗکھ۔

ژٕ وُچھکھ زِ زبانٕن ہُنٛد مطالعہ کرُن کوتاہ دِلچسپ چھہ تہٕ
یِہ کیٛشراہ کتھہٕ چھہٕ اَسہٕ ہیٚچھناوان۔ اگر اَسی ترٛٹیے یا ژوٗر زبانٕی
زانان آسو تیٚلہٕ گژھہ نہٕ بیٚیہ زبانٕی ہیٚچھٕنۍ مُشکل۔

ژٕ وُچھکھ یتہٕ زِ یِم لوٗکھ اَز اَسہٕ منٛز مختلف مُلکن منٛز روزان
چھہِ یِم پانہٕ وانٕی دوٗر چھہِ پیمتۍ۔ اَکھ وقت چھُہ اوسمت ییٚلہٕ یِم کُنی
چھہِ اَسی ہتۍ۔ اَسی چھہِ تِمنہٕ پیٹھٕ سیٚٹھا بدلیمتۍ تہٕ اَسہٕ منٛز چھہِ داریاہو
پرانٕی رِشتے مُشرٲمتۍ۔ ہر کُنہٕ مُلکس منٛز چھہِ لُکھ خیال کران زِ تِم چھہِ
سارِوے کھوتہٕ رٕتۍ تہٕ سارِوے کھوتہٕ چالاک تہٕ باقے چھہِ تِمنہٕ تینٛز رٕتۍ
ییمتۍ تم چھہِ۔ انگریز چھہٕ سوچان زِ شہٕ تہٕ تمہٕ سُنٛد مُلک چھہٕ سارِوے
کھوتہٕ رٕت۔ فرانسِس کیس انسانس چھُہ گمنڈ فرانسس تہٕ تتہٕ کیس
پریتھ کُنہٕ چیزس پیٹھ۔ جرمنی ہٕنٛدین تہٕ اٹلی ہٕنٛدین لوٗکن چھُنہٕ تہٕ
پننہٕ نین مُلکن برابر کانٛہہ لیوان بوزنہٕ۔ وارا ہن ہندوستانن چھُہ خیال
زِ وارا ہو کتھو کنہٕ چھُہ ہندوستان سارِوے کھوتہٕ بوڈ مُلک دُنیاہس
منٛز تہٕ یِہ چھے سارِہے خام خیالی۔ پریتھ کانٛہہ چھُہ پانس تہٕ پننس

مُلکس مُتعلق رُت پَرٛزان سوٚنچُن۔ مگر بیٚیتہٕ چھُنہٕ نیٚشتھُن کانٛہہ ییٚمِس مَنٛز
نہٕ کینٛہہ خرابی تہٕ کینٛہہ رٕژر آسہ۔ یِہے کُنہِ چھُنہٕ کانٛہہ مُلک تیٚتھُن یتھ
مَنٛز مَنٛز کانٛہہ نَتہٕ کانٛہہ عاب آسہ نہٕ۔ دوٗر کرنَس پَزِ کوٗشش کَرٕنۍ۔
بہرحال اَسہِ چھُ پنٛنِس مُلکس سیٚٹھا زیادٕ تولُق یتھ ہِندوستان وَنان
چھِ۔ بدقسمتی کِنۍ چھےٚ اَزچ حالتھ اَز کل بَڈٕ خراب تہٕ ییٚتِکۍ زیادٕ تر لوکھ
چھِ غریب تہٕ خستہٕ حال۔ تِہندِ زِندگی مَنٛز چھِنہٕ کانٛہہ خوشی۔ اَسہِ
چھُ وُچھُن زِ سانین طور طریقن تہٕ رِواجن مَنٛز کیاہ کیاہ چھُ رُت
نتہٕ پَزِ راے چھِ کَرٕنۍ تہٕ یِہ کینٛژھا خراب آسہ تہٕ پَزِ دوٗر تراوُن۔ اگر
اَسہِ بیٚیین مُلکن کینٛہہ رٕژر اوٚ وُچھو اَسہِ پَزِ بلاشک رَٹُن۔

ہندوستانۍ آسنہٕ کِنۍ چھُ اَسہِ ہندوستانَس مَنٛزے روزُن
تہٕ بیٚیہ ہندوستانکہ خاطرٕ کام کَرٕنۍ۔ مگر اَسہِ پَزِ نہٕ یہ مَشراوُن زِ اَسہِ
چھِ دُنیاہکِس بَڈِس خانوادَس مَنٛز روزان تہٕ بیٚیم لوکھ بیٚیین مُلکن مَنٛز
روزان چھِ تِم چھِ بہرحال سانۍ بیٚٹھرۍ بایہٕ۔ اگر دُنیاہکۍ ساری
لُکھ خوش تہٕ اطمینانہٕ سان آسن کوتاہ جان گو۔ لہٰذا چھےٚ اَسہِ یہ
کوٗشش کَرٕنۍ زِ زِندٕ روزنہٕ خاطرٕ گوٚژھ سورُے دُنیا خوشحال
جایہ بنُنۍ۔

# ۱۱۔ تہذیب کیاہ گوٚو؟

ژٕ ہیٚکہٕ وَنِتھ زِ وُنی کیٚنہہ کیٚنہہ کتھ گوڑٕ کالہٕ کیٚس تہذیبس تہٕ
تمدُنس مُتعلِق مگر نہٕ وننہٕ برونٛہہ کرو أسۍ طےٚ زِ تہذیبُک معنے کیاہ؟
لوغت وَنی ژٕ یہی زِ تہذیب گو جنگلی عادتو بدلہٕ زیادٕ ترقی تہٕ زیادٕ
جان عادت پأدٕ کرٕنۍ۔ خصوصن چھُ تہذیب کتھنہٕ لوکن ہُنٛزِ جماعژ
تہٕ سماجس کُن اِشارٕ کران۔ لوکن ہنٛدِس جنگلی حالتس (یمیٚلہٕ لُکھ
چھِ آسان درِندو کھوتہٕ ذرا جان) چھِ وَنان وحشی Barbaric
آسُن۔ تہذیب چھُ آسان اَتھ برعکس۔ یوٚت أسۍ وحشتہٕ نِش
دوٗر گژھو تیوٗت چھِ أسۍ مُہذب۔

مگر أسۍ کیٚتھ کنٛنۍ ہیکو یہِ وُچھِتھ زِ کانٛہہ انسان یا کانٛہہ
سوسائیٹی چھا مُہذب کِنہٕ وحشی؟ یورپس منٛز چھِ وارہ لُکھ سوچان
زِ تِم چھِ سیٹھا مُہذب تہٕ ایشیاہکۍ لُکھ چھِ بلکل وُحشی۔ کیا یہِ
چھا اَوے سببہٕ زِ یوٗرپکۍ لوٗکھ چھِ ایشیاہکیو تہٕ افریقہ کیو لوکن
ہنٛدِ کھوتہٕ زیادٕ پلو لاگان؟

مگر پلوَن ہُنٛد دار و مدار چھُ آب و ہواہس پیٹھ آسان۔
سردی منٛز چھِ لُکھ زیادٕ پلو لاگان گرم آب و ہوا کھوتہٕ۔ یا یہِ چھا
اَوے سببہٕ زِ یِمَن انسان بنٛدوٗق ہیتھ آسیہ نہٕ چھُ تِمَس انسانہٕ
سٟنٛدِ کھوتہٕ طاقت وریس نہٕ کانٛہہ ہتھیار آسہ، لہٰذا گوسہٕ تیٚنٛدِ
کھوتہٕ زیادٕ مُہذب۔" آیا سُہ چھا مُہذب کِنہٕ نہٕ" یُس انسان کمزور
چھُ آسان سُہ چھُنہٕ یہِ وُنِتھ ہیکان زِ سُہ چھُ مُہذب، تِکیازِ تِمَس
چھُ دہشت روزان زِ سُہ مالایس گوٚلی۔

ژےٚ چھے خبر زِ کیٚے کینٛہہ وُری برٛونٛہہ اوس یٔتیٚہ اَکھ
بوٚڈ جنگ۔ دُنیاہِکۍ اکثر مُلکہٕ آسہٕ اَتھ منٛز شرکیٚ ہیٚمِتۍ منٛز اوس
برطانیہ کوٗشش کران زِ دوٗیمہِ طرفکۍ تِہنٛز لوٗکھ گژھن مارنہٕ ییٚنۍ
پیٹھ سہ ماریِتھ ہیٚکہِ۔ انگریز اوس جرمنی ہنٛدۍ لوٗکھ مارنیٚچ کوٗشش
کران تہٕ جرمنی ہنٛدۍ آسہٕ انگریزَن ماران۔ اَتھ جنگس منٛز آیہ
لچھہ بدی لوٗکھ مارنہٕ۔ تہٕ ساسہ بدی گٔے زندگی ہنٛدِ خاطرٕ کھوٚژِتھ زدہ
کینٛتژن روزنہٕ اَپچھے تہٕ گٔے اُنۍ۔ باقیَن روزنہٕ تہٕ ژنگے۔ ژےٚ
آسیہ نتھ فرانسس منٛز بائیہ کٔنہٕ جایہ" جنگی کھوٚژِتھ زدٕ" لوٗکھ
وُچھمِتۍ۔ پیرسس منٛز چھے زمینہٕ تَل ریلَن منٛز یِہنٛدِ خاطرٕ خاص
سیٖٹ آسان۔ ژٕ چھکھا زانان یہِ لوٗکن گرِ شہ کانٛہہ مُہذب یا کانٛہہ جاےٚ
کتھا، یِمن کتھو اکھ اَکِس مارن۔ اگر نہٕ انسان چھِ کُنہ کوٗشش

منز لڑٲیہِ کران پٔلسہٕ وول چھُ تِمَن رٔٹِتھ کران تہٕ ہرکانہہ چھُ
وَنان زِ یِہِم چھِ کمینہٕ۔ مگر بٔڈین مُلکن ہُنٛز پانہٕ وانی لڑٲیہِ کرٕنی تہٕ
ساسہٕ بدی تہٕ لچہِ بدی ژکھ ہارٕنی کوتاہ زیادٕ کمینہٕ پَن تہٕ بےوقوٗفی
چھےٚ۔ یِہ چھےٚ جنگلس منز دۄن وحشی ین ہُنٛز پانہٕ وانی لڑٲیہِ ہش
اگر اَسی یِمَن جنگلی انسانن وحشی وَنو تیٚلہِ کیٚتیاہ وحشی چھِ یِم
مُلک یِمہِ اَمی طریقہٕ پکن۔

اگر ژٕ اَتھ سوالس اَمی نظرِ وُچھکھ ژٕ وَنکھ زِ یِمو مُلکو
بڈیس جنگس منز جوٚ تنگ تہٕ ژکھ ہاوِکھ چھنہٕ ہرگز تہٕ مہذب چاہے
سُہ انگلینڈ آسِن یا جرمنی۔ فرانس آسِن یا اٹلی یا بیٚیہ کانہہ۔ مگر تونہٕ
چھےٚ ژےٚ پنناہ زِ یِمَن مُلکن منز چھِ کیٛنہہ رٕتی چیز تہٕ کیٛنہہ سیٹھاہ رٕتی
لۄکھ بسان۔

ژٕ وَنکھ زِ تہذیبُک معنہٕ فِکرِ تُرٕن چھُنہٕ سہل تہٕ ژٕ وَنکھ
پُوز۔ یِہ چھُ بڈٕ مُشکل سوال۔ رٕژٕ عمارژٕ۔ رٕژٕ تصویرٕ تہٕ کتابہٕ تہٕ ہرکانہہ
حسین چیز چھُ پُرٕ کو یا کنٛھ تہذیبُک نشانہٕ۔ مگر اَز چھِ اَمیہ کھوتہٕ
بڈٕ علامت چھُ رُت انسان۔ ییٚس بے غرض یا کنٛھ ساریٚنی سیٚتی
ژٕلیتہٕ ساریٚنی ہنٛدِ جانہٕ خاطرٕ کام آسہٕ کران۔ یِکہٕ وَنٹہٕ کام کرٕنی
چھےٚ سارِوے کھوتہٕ جان۔

# ۱۲۔ قبیٖلن ہُنٛد بنُن

یٔتھ مین جِھٹین منٛز وۄنے مٕتے زیٛیٕلہِ انسان یتھ زمینہ پیٚٹھ ظٲہِر گۄشہ کِتھ پٲٹھۍ اوس حیوانن ہیوٗ۔ سایہ بدِن وۄرِین منٛز کرٕ تِمو واریہ وار ترقی تہٕ کیٚنٛژھا بنیو جان۔ گۄڑٕ گۄڑٕ آسہٕ ہے سہٕ گُنٕ زٕوٕن شِکار کران آسان۔ یتھٕ کِنۍ اَز کل وحشی دَرِندٕ کران چھِ۔ یَتہٕ وُچھ تِمو زِ باقے لوٗکن سیٛتۍ شکار کرنہٕ تیُٛرن چھُ زیادٕ دانٲیی تہٕ خطرٕ روٗس۔ اگر دار یاہ انسان اَسہ یک جا آسان تیم اَسہ زیادٕ طاقتوٗر بَنان تہٕ بٔنٛن پان اَسہ باقے دَرِندن ہٕنٛدِ حملہٕ نِشہِ یا بیٚیَن انسانَن ہٕنٛدِ حملہٕ نِشہٕ بچٲوِتھ ہیکان۔ حیوان تہٕ اَسہ پننہِ بچاوٕ خاطرٕ کھیٚلین منٛز نیران یتھے کِنۍ۔ تِہنٛز ژھاولٕ، رُوسی گَجہٕ تہٕ سیہہ تہٕ چھِ کھیٚلیو پٲٹھۍ نیران۔ ییٚلہٕ انسانَن ہٕنٛز جمٲژ شوٗنٛکان آسہٕ تِمَن منٛز اَسہ کینٛہہ بیدار روزان تہٕ باقین اَسہ راژھ کران۔ ژٕگے آسہ نَتہٕ رامہٕ ہیوٗ نمن ہٕنٛزَن جمٲژَن ہٕنٛز دلیلہٕ پرٕ مَژٕ۔ رُوشس منٛز چھِ ہیم رامہٕ ہیوٗ نی وَندس منٛز جمٲژَن منٛز نیران ییٚلہٕ تیم بوچھہٕ ہٕتۍ چھہٕ آسان۔ یتھ کِنۍ

تِم وَندس منز آسان چھِ تِم چھِ اِنسانن پیٹھ حملہٕ کران۔ اَکھ اَہم ہیوٚن ہیکہِ نہ خاطرٕ اِنسانن پیٹھ حملہٕ کٔرِتھ۔ مگر جماعژن ہِنٛدِس صورتس منز چھِ تِم زیادٕ طاقت وَر بنان۔ شہ چھُ اِنسان جماعژ پیٹھ حملہٕ کران۔ اِنسان چھُ زندگی بچاونہٕ خاطرٕ ژلان تہٕ عموٗمن چھُ شیٚنس منز رامہٕ ہیوٚنس تہٕ اِنسانن ژلہٕ لارٕ ہٕنٛد مقابلہ سیٚدران۔

لہٰذا تہذیب کِس دانشس منز یُس گوڈنیُک قدم گوڈنِکو اِنسانو تُژو سُہ اوس جماعژن منز یکوٚ وٕٹ روزُن تہٕ یِتھ قبیلہٕ Tribe چھِ وَنان —— تِموٚ ہیچھ یکہٕ وٕٹ کام کرٕنۍ۔ تِمن اوس پانہٕ وٲنۍ اَکھ تہٕ روٗٹ کرُنُک ماد۔ پرٛتھ انسان اوس گوڈٕ قبیلس متعلق سوچان پتہٕ پانس متعلق۔ اگر قبیلس کانٛہہ خطرٕ آسہے آمہٕ کِس پرٛتھ بایس اوس آمہٕ خاطرٕ جنگُن پیوان تہٕ یہ اوٚسُس بچاوُن پیوان۔ اگر نہٕ کانٛہہ انسان قبیلس منز قبیلہٕ خاطرٕ کام کرِہے سُہ اوس کتہٕ ژٹِتھ کڑنہٕ یِوان۔

وۄنۍ ییٚلہٕ انسانن آس یکہٕ وٕٹہٕ کام پیوان کرٕنۍ تِمن اوس اَکھ ترتیبہٕ سان وَقتُن ہیُن پیوان۔ اگر پرٛتھ انسان نی کرِہے یہ تِمس خوش گٔژھہِ ہے تیٚلہٕ روزِہے نہٕ قبیلہٕ کُنی۔ لہٰذا اوس کانٛسہہ اَکِس لیڈر بنٛاوُن پیوان۔ جانوٕرن ہِنٛزن جماعژن تام تہٕ چھِ لیڈر آسان۔ انسانن ہِنٛدی قبیلہٕ تہٕ آسی قبیلہٕ منزٕ سارؠ وے کھوتہٕ

طاقتہ وائیس انسانس لیڈر ژاران تجیاز یمن اوس وارایاہ جنگ کرن ہیوان، لیہذا
اوس سار وہے کھوتہ طاقت ور انسان لیڈر ژارتہ ہیوان۔

اگر قبیلاکی باژ پانہ وائی جنگ کریمن قبیلس اُس
چھلہ ودل گرژھان۔ لیہذا اوس لیڈرس وُچھن آسان ز قبیلس
منزے لڑائے کرنک نساۓ چھوپتہ اجازت۔ اکھ قبیلہ میکہ ہے
بیّیس سیتی ژُوبھ تہ ژوان نہ اُسی۔ یہ اُس پرانہ طریقہ کھوتہ ترقی یافتہ
صورت ییلہ ژیچھ کاشہ انسان اوس پنہ نی خاطر بیّیس سیتی لڑائے کران۔
کو ڈیکو قبیلہ آسہ ہمن پنزہی بڈی بڈی خاندان آسان۔
امہ کیمن سارنے باژن اوس پانہ وائی اکھ رشتہ آسان۔ مگر یم گر
گئیہ بڈان، یوتام قبیلہ سیٹھا بڈ بنے یہ۔

تیمن پرانین دوہن آسہ ہے انسانس زندہ روزُن سیٹھا
مُشکل آسان۔ خصوصن ییلہ قبیلے اُسی بنے ہتی۔ تیمن اوس نہ
مکانہ آسان۔ پلوا اُسکھ نہ شاید کیینژہ میسلو ور اُسے کیہی تمن
آسہ ہے پیوان پانہ ہم لڑائے کرنی۔ دوہ ہدش کہ خور اکہ خاطر
اوشکھ پیوان شکار کرن۔ جانور مارنی یا اُسکھ ڈونی یا ہیوہ جمع
پیوان کرنی۔ شہ آسہ ہے محسوس کران ز تیمس چھ ہر شایہ دُشمن۔
فطرت تہ آسہ ہے تیمس دُشمنے باسان، یعنی سیہ ڈونیھ، شین
نہ بُنلو اُسیس سوزان۔ شہ اوس اکھ غریب غولام ہیو زمینہ

پیٹھ ٹیڈ وائے بَکان تہٕ ہر چیزَس کھوژان۔ تکیازِ تِمَس
آسہِ ہے نہٕ کینٛہہ تہٕ فِکرِ تران۔ اگر ڈوٗنٛٹھ آسہِ ہے پیوان سُہ
آسہِ ہے سوٗچان زِ کُستام بھگوان چھُہ اوٚبرٕ منٛزٕ تِمِس مارُن
یژھان۔ توٚے اوس تِمِس سخ خوف اَژان۔ سُہ اوس اَمِس اوٚبرٕ
منٛزِ کِس شخصَس خوش کرنہٕ خاطرٕ کینٛہہ تہٕ یژھان کرُن۔ ییٚلہِ ڈوٗنٛٹھ
روٗد، شیٖن سوٗزِس۔ سُہ کینٛہہ پاٹھۍ ہیٚکہِ ہے تِمِس خوش تھٲوِتھ؟
سُہ اوس نہٕ تیوٗت چالاک یا ذہین۔ سُہ آسہِ ہے سوٗچان زِ اوٚبرٕ منٛزُک
بھگوان چھُہ تِمۍ سے ہیتھ یِس خوراک چھُہ پسند کران۔ سُہ آسہے
کینٛہہ مازٕ ہَن تُلان یا کانٛہہ جانورَس ماران تہٕ کُنہِ شایہِ بھگوانٕ سٕنٛد
کھێنہٕ خاطرٕ ژاڑان تہٕ نیاز دِوان۔ سُہ آسہِ ہے خیال کران زِ سُہ
ہیٚکہِ روٗدس یا ڈوٗنٛٹھس تِہنٛدۍ کُنہِ بند کرِتھ۔

یہِ چھےٚ اَسہِ تیٚتھۍ بےوقوفی باسان۔ تکیازِ اَسہِ زانوٚ
روٗد یا ڈوٗنٛٹھ یا شیٖن کیازِ چھُہ پیوان۔ جانوارَن چھُنہٕ اَتھ سیتۍ
کانٛہہ تہٕ واسطہٕ۔ مگر عقل آسنہٕ تہٕ چھِہ اَز واریاہ لوٗکھ جاہِل
آسنہٕ کِنۍ یژھ یژھ کامہِ کران۔

# ۱۳۔ مذہبک بَنُن تہٕ کارٕباگے

پٔتمہ پیٹھہٕ منز ووٚنُے مے زِ انسان کیتھ کٔنٕتھ اوس ژریتھ
گُنہٕ چیزس کھوژان تہٕ اوس سوچان زِ ژریتھ کُنہٕ مُصیبتک وجہ چھُ
یہٕ زِ بھگوان چھُ ناراض گژھان تہٕ حسد دِزان تہٕ اوس یہ خیالی
بھگوان ژریتھ شایہ ڈیشان۔ جنگلن منز، بالن پیٹھ، دریاون
منز تہٕ اوٚبرس منز۔ تمہٕ خیال اوس تہٕ بھگوانس مُتعلق یہ زِ سُہ چھُ
مہربان تہٕ کانٛہہ رژٕ ذات۔ بلکہ اوس سوچان زِ سُہ چھُ سیٹھا
ژکہ ہیوٚت ییمِس ہر ساتہٕ جٕہل چھُ کھسان۔ تہٕ اوس تیتھٕ ناراضگی
نہٕ کھوژان۔ تہٕ اوس تمِس ہروِزِ کوٚتھ دِنٕچ کوشش کران تہٕ زیادٕ تر
اوسُس کھین چیٖز دِوان۔ گُنہٕ وِزِ اگر کانٛہہ مُصیبتا اوس یوان
بُنہٕ چُل ہیتھ، سیلاب ہیتھ یا بیمارٕ ہیتھ یوس وارٕہن لوکن ماران
اُس۔ تمِس اُس خوف سیٹھہٕ دِنٕ گژھان تہٕ تِم اُسی سوچان زِ دیوتا
چھِ ناراض گٔمتہٕ۔ تِمن خوش کرنہٕ خاطرٕ اُسی تِم گُنہٕ وِزِ موٚہنیوٚ تہٕ زنان
تہٕ قوربان کران۔ تِم اُسی تِمن نٕش تام ماران تہٕ دیوتاین نِش

پیش کران۔ یہ کیتھ چھے اَسہ بڑٕ خوفناک باسان، مگر یُس
انسان کھوژِ سُہ کرِ کیٛتھہٕ نہٕ۔ یِہَے اُس بَنے مٕژ مذہبچ بُنیاد۔

لیہٰذا آو مذہب گوڈٕ نیتھ خوفہ چہِ شکلہِ منٛز تہٕ یُس چیز ہیمہ
سیتھ کرتہٕ چھُ یِوان سُہ چھُ ناکارٕ۔ ژیٚے چھے خبر زِ مذہب چھُ اَسہ
وارِیاہ پٔژ کیٛتھ نہٕ وَنان۔ یٚیٚلہ ژٕ بٔڈ گژھکھ ژٕ پرکھ دُنیاہکین مذہبن
مُتعلق بٔیبہ مذہب کِس ناوس پیٹھ ہیم پٔژ تہٕ خراب کامہ چھے کرنہٕ آمژٕ
یِمتین چھُ یہ وُچھُن بڑٕ پُر لُطف زِ گوڈٕ کیتھ پاٹھۍ گو مذہبک خیال
پادٕ۔ پتہٕ وُچھو اسہ زِ یہ کیتھ پاٹھۍ بڈیو۔ یہ اسہ تِہ گوٚت تہٕ پھاٛلیومُت
اسی چھِ اَز تہٕ وُچھان زِ لوکھ چھِ مذہب کِس ناوس پیٹھ ژھُوان تہٕ اکھ
اکِس کلہِ ژٹان۔ کینژن لوکن نِش چھُ یہ وُنہٕ تہٕ کیاہ تام خوفک
چیز تِم چھِ وُنہٕ تہٕ مَنتہ رَن ڈالہِ پیش کران یا یِمن خیالی دیوتاہن
ہٕندِ خاطرٕ حیوانن قوربان کران تہٕ سیٹھہ کینٛہہ چھِ پنُن وقت ضایع کران۔

تہٕ یِتھہ کینٛہہ اُس گوڈنیکِس انسانہ سٕندِ زندگی بڈٕ مُشکل تِمیس
اوس پنُن غذا دوہہ پٕتھ ژھارُن پیوان تہٕ اوسُس فاقے رُوزُن پیوان
تِمن دوہن ہیٚکہ ہے نہٕ کانٛہہ انسان بیکار بیہتھ۔ پتہٕ اوس نہٕ
کانٛسہ مٕہندِ خاطرٕ مُمکن زِ آکی وِز بَنیہ ہے تِمس سیٹھا خورٕاک۔ پتہ
ییٚلہ ییٚس نہٕ وارِیاہس کالس کیٛنٛہہ کرُن۔

ییٚلہ قبیلہ بنو انسانن بنےٚ یہ ذرا آسائیش تہٕ تِمن قبیلکو

ساری انسان ییٚلہٕ یکہٕ وٕٹھ کٲم اَسہِ کران تیٚمہِ اوس زیادہ پیٚہن نتیجہٕ اک
حٲصل سپدان یُوت زن کٔنِس انسانس حٲصل سپدہٕ ہیٚکہٕ۔ زمیٖنہٕ
چھےٚ خبر زِ یکہٕ وٕٹھ کٲم کرنہٕ سٟتۍ ہیٚکو اَسۍ ہیٚون کٲم کرنہٕ کھوتہٕ
زیادٕ کٲم کٔرِتھ۔ اکھ نہٕ انسان ہیٚکہِ نہٕ زیادٕ گوٗب بور یکہٕ ناوِتھ۔ مگر
وارِیاہ ییٚلہٕ اکھ اَکِس مدد کرن تیٚلہٕ ہیٚکن سہل پأٹھۍ یکہٕ ناوِتھ۔
مےٚ چھےٚ ژےٚ برونہہ ہٕ لیٚوکھمُت زِ تیٚمہِ دوہہٕ آو بیاکھ اکھ بوڑ
قدم برونٹھ کُن تُلنہٕ۔ یہِ اوس زمیٖنداری ہُند قدم۔ یہِ بوزِتھ گژھی
ژےٚ بڈٕ دِلچسپی پأدٕ زِ زمیٖنداری ہُند ابتدا چھےٚ کیتھ پأٹھۍ وۄتھ پیٚمژ
سپدمٕژ۔ اگرچہ مےٚ چھُنہٕ یہِ مطلب زِ ریٚتھ آسہٕ ہن بیول وٲوِتھ زمیٖن
تُلان تہٕ پننہٕ ہرد وٲٹان۔ بلکہ ریٚتھ یہِ کیتھ کران پھےٚ، چھُ تُنشہٕ ہیو
آسان۔ اگر تیٚمہٕ اکھ بیاکھ لےٚ گڈھ ہن وٕچھان چھےٚ، تیٚمیک بیول
تیٚمہٕ کھیوان آسن تیٚمہٕ چھےٚ بڈٕ احتیاط سان الگ اٚندۍ پکھ گاسہٕ
مُہلہٕ گنڈان۔ آمہ سٟتۍ چھُ اتھ بیاکھ لگِس زِندہٕ روزنک زیادٕ رُت
موقعہٕ میلان۔

شاید آسہٕ کٔنہہ وِز انسانن تہٕ بی کوٚرمُت یہِ تیٚمہٕ ریٚتھ کران
چھےٚ تیٚمن آسہٕ ہےٚ نہٕ تیٚلہٕ یہِ فکر ترٲو زِ زمیٖن داری کیاہ گژھہٕ۔
زمیٖن داری فکر ترٲو تیٚمن وُمبر لگہِ مرٕتھ پننہٕ آسہٕ کھ بیول

وۄنۍ شروع گوٚو مُت ۔

زمین داری بنیہٕ سیٚتھ آیہٕ تِمن خوراک حاصِل کرُن بُڈ سہل باسیومُت ۔ اِنسانس آیہٕ ہیٚچھوان آمہٕ خاطرٕ ہرو زِ شِکار کرنہٕ نیرُن ۔ لہٰذا اُس تِمیُس زِندگی ژرٕ وتھ مہ کھوتہٕ کمے مُشکِل باسان ۔ وۄنۍ سپُز بیاکھ دلچسپ تبدیلی ۔ زمین داری برٕونٹھ اوس ہر کانٛہہ اِنسان شِکارٕ ری آسان ۔ اِنسانس اُس نہٕ کینہہ اکے کامہ کرٕنۍ آسان ۔ زنانہٕ آسہٕ ہن شاید شُرٕ رچھان تہٕ میوٕ جمع کران ۔ مگر زمین داری ہیٚلہ آیہٕ پنہٕ آسہٕ قِسمہٕ قِسمہٕ چیز کامہ آسان ۔ کٔھین منٛز اُسکھ آسان کأم کرٕنۍ ۔ شِکار اوسکھ آسان کرُن ۔ گرٕ ی گٔبن اُسکھ آسان رچھنۍ ۔ شاید آسہٕ ہن زنانہٕ گٔبن رچھان تہٕ گاو چاوان ۔ کینٛہہ لوکھ اُسو اکیہٕ قِسمُک کأم کران تہٕ کینٛہہ بیٚیہِ قِسمُک ۔

اَز وُچھکھ ژٕ دُنیاہس منٛز زِ ہر کانٛہہ اِنسان چھُ پنٕنۍ اکھ خاص کامہ ہن کران ۔ اکھ اِنسان چھُ ڈاکٹر یا انجینیر یُس کٔڈِل تہٕ سڑکہٕ چھُ بناوناوان یا چھان ، کھار یا ڈیسل ہیم مکانہٕ چھِ تعمیر کران یا بیراج یا سِٹر بیٚیترٕ ۔ ہرکانٛسہ چھُ پنُن مخصوص تجارت ۔ تِمن چھِنہٕ بیٚین کارن ہنٛز زیادٕ خبر آسان یا چھس نہٕ آسانۍ ۔ اَتھ چھِ وَنان "کالہٕ باگے" اگر اکھ اِنسان کانٛہہ کأم جان

پاٹھۍ کرٕنۍ چھُ یژھان تہٕ اگر سُہ وارٕ ہن کامین ہَتھ چھ ژ اوِنہٕ سُہ ہیکہ ہٹھ پکتھ پاٹھۍ سوٗ کٲم اَنٛز راوِتھ ۔ اَز کل چھِ دُنیا ہَس منٛز زبردَس کار باگے ۔

اَسہِ وُچھ زِ یِہ کار باگے گیِٔ پرانین قبیلن منٛز وارٕ وارٕ شروٗع ییٚلہِ زَن زمین داری شروٗع گیِٔ ۔



# ١٤- لاگنیہ ستۍ کمہ تبدیلی آیہ؟

پتہِ میہ چھیۓ منز وۅنۍ میٚۓ زِ ییٚ کمہ زیادٕ میچھنۍ چہ کارٕ بارٕ گژھیہ
مُتعلق بلکل کو ڈنیچھ ییٚلہ انسانن ہوٚت شکارس میچھٹ گُذار کرُن
پہ کارٕ باگے آسس کمے۔ ہر کانْہہ انسان اوس شکار کران تہٕ گُشکلن
اوس پننہ یڈ بریقہ ہیکان۔ یہ کاڈ باگے آسیہ ہے مردن تہٕ زنانن
منز باگ شروع سپز ہش۔ موہینوی آسیہ ہتن شکار کران تہٕ زنانہٕ
آسیہ ہتن گری روزان تہمہ آسیہ ہتن شُری رچھان۔ بیٚیہٕ گرس منز بسوی
جانورن ہُنْد خیال تھاوان۔

ییٚلہ انسانن لاگنیہ یعنی زمین داری ہیچھ واریاہ نوٚ
ترقی آیہ کرنہٕ۔ گوڈٕ ننیچھے سپد ییہٕ تقدیا زیچ کار باگے شروع۔
کینْہہ آسی شکار کران باقے آسی زمین وایان تہٕ کھیٚتن منز کام
کران۔ پتہٕ ییٚلہ وقت گُذران گو لوکو ہیچھ نوٚی تجارت تہٕ تیمن
منز گُنیکھ اکہ خصوصیت پادٕ۔

لاڳيتي رهڻ سبب ٻيا کي خوشگوار نتيجو ڊراوي ۾ انسانن هيٺ ٿيو ته
مستقبل پاڙهو ڳوٺن يا قصبن ۾ رهڻ. زمين داري ڪري ته هو
انسان کي اڳي پور پکيڙڻ آسان ۽ شڪار ڪرڻ تي هن جي خاطر اوس ۽
اڳي جاءِ رهڻ ضروري. پوءِ تيئن گهٽ ٿي ۽ انسان شڪار ڪري سگهن
ڪري ٿي. اڪثر اوس تيئن پنهنجي ڳوٺن ۽ تيرن تي باقي جانورن جي
خاطر اڪيلا ڇوڙي ٻيا جاءِ گهٽ ٿي پيا. ٻين جانورن
گرڻ ڊڄڻ جي آسپاس بيٺل تيئن ڪاسي کڻي سگهيا هئا. ڪيترن ڪلاسن
اڳي ئي پيا ڪاسي کڻي پنهنجي انسان ۽ زمين ڪافي ڪاسي پاڪ ڪري سگهيا
ڪري جهڙا اپاءَ هن جي خاطر. تنهن ڪري اوس سارين ٻين قبيلن ٻين
جاءِ ڪڍڻ نيرن پيا.

ٻيلي زمين داري آئي ته ڪنهن اوس زمين نزديڪ رهڻ پيو
تيئن انسان ۽ سو زمين ترقي ڪري سگهيا پوءِ تنهن ۽ انهن ۽ ويهڻ آهي
تنهن انهن ته اڪي فيصلو پڇڻ ٻين فيصلن تمام ڪم ڪري ٿي پيا
۽ پڇڻ ڪنهن آهي ڪم ته قصبي وجود ۾ آيا.

ٻيون تبديلي اها زمين داري ۾ زندگي ٻئي ۾ ذريعي سهل
ٿيا. هر روز شڪار ڪرڻ کان ۽ اوس زمين ۾ لڳڻ سان خوراڪ
وڌائڻ وارو رستو سهل. زمين ته گهٽ تي ان ته زياده خوراڪ پيش ٿي

اکي وقت کپڻ پيو پوي. ۽ اوس احتياط سان محفوظ ڀوان ٿاونه
وونڍ وڇو اُسو اکه بڏ دلچسپ ترقي، ٻيلو انسان اوس
صرف اکه سيکوڊ ساڌ شڪار سه اوس ڏه کاٺه چيزبچت هيکان کرئيتا
ياسيٺا کم اوس کران سه اوس اُنچي ٽلان ته اُسه کپوان. تيمس
اُسونه بنک آسان بيٺيه سه رو پيو يا باڦي چيز ٿاوڊ ٿيڪو پي
نيمس اوس دوهش شڪار ڪرئيتا خوراک زمينءُ پيوان. زمين لاگنے
سيتي بنيو تيمس اکي وڙ تيوٽ خوراک ڙ اکي وڙ اوس ڏه
هيکان کپيتا. تيمءُ ٿيو ۽ هُرِ بمانءِ خوراک بچاوڊ ٿا. هُر بمانءِ
خوراکُ اڪس ابتداء چيو اُسو اَتي پيٺي وڇان. ضرورتُ خوراک
وه پداونه کپوئنه، اُسو لوکه ذرا زياده محنت کران پيتا زتيم اُسو
هُر بمانءِ خوراک کمائ ڊيتا هيکان.

ڙ سي چڇي پتاهء وهڻ چيو اُسه بنڪ، لوکه چيو تنيه رو پيو
جمع کران ته چکن هنيد ذري ۽ واپس نوان. مگر پيمه رو پيو پوان
ڪنته چڇي؟ اگر ڙ اڃا پيٺ سوچيڪ ته وڇکه ز رو پيو چڇي
ساڻ يٽي هُرِ بمانءِ. نيمنيڪ معنے گو ز لوکه چپيه يڙهان پيمه اکي وڙ
خرچ ڪريه. ليهذا چيو ِتم بنکس منز جمع ٿاوان. اَڄ ڪل چيو تيمي امير
لوکه پيمن ۽ هُر بمانءِ گي ڪافي چڇي آسان. غريبن بچارن چپيه کپيو

آسان۔ بَنتہٕ وُچھکھ ژٕ ہٕ ہر بمیانہٕ گی یوان کٔرتھ پاٚٹھو چھےٚ۔ یہٕ چھےٚنہٕ
اوٕ سبمبہٕ زِ اکھ اِنسان چھُ بیٚیہ سٕینٛدِ کھوتہٕ زیادٕ محنت کران مگر
اَز کل یِتھٕس نہٕ بانہٕ کام چھُ کران سُے چھُ یہٕ ہرٕ بمیانہٕ گی نِوان۔ حالانکہ
محنت کشٕس چھُنہٕ اَمیٚک کانٛہہ نہٕ حِصہ واتان۔ یہٕ چھُ نَنہٕ وانہٕ اکھ
ناکارٕ انتِظام۔ وار یاہ لُکھ چھِ سوٚنچان زِ اَمی ناکارٕ انتظامہ سبمبہ
چھِ دُنیاہس منٛز یِتھ غریب روزان، یَسٕے چھُ باسان وُنہٕ ہیٚکی نہٕ
ژٕ ٹٕے یہٕ کٔرتھ فِکِر ترٛاوتھ۔ اگر مشکل باسی تیٚلہِ دِ اَمہٕ خاطرٕ پانس
پٔزا۔ ژٕ ٹٕے ترٛی یہٕ جَلدٕے فِکِر۔

وُنی کیٚس چھُسے بہٕ ژٕ ٹٕے یُنتھ وُنٛ یَرٕ ھان زِ لاگنےٚ سیتو
آو نبوٚت نعرٕ راک ووہ پداونہٕ یُتھٕس نہٕ شہ آکی وَقتہٕ موکلاوِ ہےٚ
کھٕیتھ۔ باقٕے ہن اُس تجرٕ اُوِتھ یوان ہتاونہٕ۔ تِمن دوہ ہٕ مٕن اُسٕے نہٕ
بنک آسان تہٕ نہٕ روہ ہیہٕ۔ تِمے لوٚکھ اُسہٕ امیر یوان مانِنہٕ یِمَن زیادٕ
گاو یا تیہر یا وُنٛٹھ یا غلہ آسہےٚ۔

# ۱۵ ایمہ دار کیتھہ کُنۍ بَنٕنے یِہ؟

مےٚ چھُ خدشہ ہیوٗ زِ میانہٕ چیتھٕ ما چھےٚ ہتنا پیچیدٕ بنان

گژھان۔ مگر یوسہٕ زندگی اسہِ پانس اندۍ پکھو وُچھان چھ سوٗ

چھےٚ پانہٕ پتہٕ واریاہ پیچیدٕ پیٚٹھہ کالہِ اَس بہٕ اَزی کہ کھوتہٕ ہُنڈٕ تہہل مگر اسہِ

چھِ تمہٕ وَقتہٕ کنہٕ کران بیٚیلہٕ پیچیدٕ گیہ گوڈنیتھ شروع ہیٚوٗ ن

گژھِنہٕ۔ اگر اسہِ یِنٕن تحقیقات لوٗتہٕ لوٗتہٕ برو شہہ پکہ ناوٕ وُنیہ زندگی

ہنزن تہٕ سماجِچہ تبدیلی فِکرِ ترٛاوٕنچ کوشِش کرو، تیمہٕ تبدیلی

ییمہٕ اَتھہ منز آیہ، تیٚیلہ گژھن اَزِ کہِ واریاہ چیز فکرِ ترٛٲنۍ اَسہٕ یڈٕ

آسان۔ اگر اسہِ اَتھ کوشش کرٕونہٕ تیٚیلہ بنوٕ نہٕ اَتھ قابل اُسہِ زاۍ

زٕنم واقاتھ اسہِ پانس اندۍ پکھو وُچھان چھِ تمِ کیاہ ترٛٲن اَسہِ

فکرِ۔ اسہِ بنوٕ تمن شُرِ ہیوٗ ییمٕ گٕژھن جنگلس منز راوِ ہتھ

آسن۔ اَوے چھُس بہٕ کوشش کران زِ تہٕ واتناوتھ اَمہٕ جنگلہ

اندس پیٚٹھہ واپس تاکہ اسہِ ہیکو اَمہٕ منزٕ اَکھ وتھ لبِتھ۔

ژُکریاد زِ مسوری منز پیٚٹھ ژھوتہٕ ژُنگہ میٚہ بادشاہن مُتعلق زِ تِم گیاہ اُسی تہٕ تِم کیتھہٕ کنٛتھی بنیہٕ یہِ بادشاہ۔ اُسی ہیٚمَو تِمن پرٛانہن دوہن ہٕنٛد سرسری جاییزٕ ییٚلہِ بادشاہی شروع گیہٕ۔ گوڈٕ گوڈٕ اُسی تہٕ تِمن بادشاہ وناٛنی۔ اگر اُسی تِمن مُتعلق زانٛنیچ کوشش کرَو۔ تییٚلہِ ہیٚکو اُسی بادشاہن ہٕنٛز اصلیت معلوم کٔرِتھ۔

قبیلن ہٕنٛدِس بنیاد تٕس مُتعلق چھیہٕ ژٕنیہٕ میٚہ برونٛہہ کُنہ وقتہٕ زِ ییٚلہِ زمین دارٛی آیہ تہٕ کارٕبار گٔے شروع کٔرنہٕ انسانس پیٚو لٔزِمی قبیلہٕ چہ کامہِ بیٚتر بنچہ لاگنہٕ خاطرٕ انتظام کرُن۔ امہِ برونہہ تہٕ اوس قبیلس اکِس لیڈرٕ سٕنٛد ضرورت باسان ییٚلہِ بیٚیس قبیلس سیٚتی اوس کھ جنگ پیوان کرُن۔ لیڈر اوس عموٗمن جماعژ ہٕنٛد سارِوے کھوتہٕ پرٛون شخص بنان۔ تِمس اُسی تِم سردار ونان۔ ییتھہٕ کنٛتھی اُسی تہٕ چھس از کل یِہی ونان۔ سُہ اوس بڈٕ آسان۔ توّے اوس سُہ سارِوے کھوتہٕ زیادٕ تجربہٕ کار تہٕ باخبر مانہٕ یوان۔ یہِ سردار اوس نہٕ قبیلہٕ کِہو بسیہٕ بیٚ زٕو ہٕنٛدِ کھوتہٕ مختلف آسان۔ سُہ اوس پانہٕ بیٚین سیٚتی کام کران تہٕ یُس خوراک تِم پٔدٕ اُسی کران سُہ اوس قبیلہٕ کیٚن سارِنے بیٚ ژٕن منز بٲگرنہٕ یوان۔ ہر کانٛہہ چیز اوس قبیلک آسان۔ اُزکی پٲٹھی اوس نہٕ تییٚلہِ ہر انسانس بیوٚن بیوٚن گر

روہ پیہ تہ باقے چنڑ آسان۔ یہ کجھ شرھا انسان زبیان اوس تہ اوس
باگرنہ یوان۔ تہ کیا زیہ اُس قبیلہ چی ملکیت آسان۔ قبیلک سردار
یا منتظم اوس یہ باگنے پائہ کران۔

مگر تبدیلی آیہ وار وار۔ پتہ اُسی کا مین ہینڈی نوی نوی
قسم خصوصن زمین داری متعلق اوس سردارس زیادہ وقت انتظام کرنس
پیتہ لگان۔ بینیہ اوشس وُچھن یوان ز قبیلکی ساری باژ چھا ٹھیکھ
پاٹھی کام کران۔ وار وار ژھینہ سردارن لوکن سیتہ موموی
کام کرنی ترأوتھ۔ تویہ بنیوو شہ باقے لوکن ہنذ کھوتہ بل کُل
مختلف۔ وونی چھ اُسی وُچھان محنتک اکھ بیوٗنے تقسیم یا
نوے کار باگے۔ سردار اوس انتظام کران تہ لوکن پیٹھ حکم
چلاوان۔ باقے لوکھ اُسی کھیتن منز کام کران۔ بینیہ اُسی شکار کران
لڑائی کرنہ گرنھان۔ تیم اُسی پننہ نس لیڈرس سندی حکم مانان۔
یُس تہنٛد سردار اوس۔ اگر دون قبیلن منز جنگ اوس وُوہان
سردارس اوس زیادہ طاقت اکھٕ یوان۔ جنگ کس زمانس منز
اوس تہ لیڈرس وراے ٹھیکھ پاٹھی جنگ کرُن ممکن آسان۔
لہٰذا بنیوو یہ سردار سیٹھاہ طاقت ور۔

یتھے انتظام کرنچ کام ہُریہ سردار اوس تہ سوشے پانے

ہمکان کرِتہ۔ شہ اوس مدتہ خاطر بٹیٔن زمین ژاران۔ لیٰہذا اُسے
وارا منتظم بنان مگہ سردار اوس توتہ زِیٹھُے آسان۔ قبیلہ اوس
انتظامی یا کارکُنن منز بٔگرتہ لِوان۔ انسان رَوّدکرتہ دوہ فِنے ہیوے
سائری۔ ہیم انتظامی اُسے آسان تیمّن اُسے باقی مومولی کارکُنن ہیٹھ
زیادہ زور چلان۔

دوّیمہ چیٹہ منز وُچھو اُسے اُمی سردارن کیتہ یا لٹی کر ترق۔

# ١٦۔ سردار — تمہ کتہ کئنہ کر ترقی!

قبیلن ہندین سردارن (Patriarch) مُتعلق یم تفصیل
بہ وُنان چھُسئے، مےٚ چھےٚ وۄمید تم آسہ تےٚ نہٕ ژےٚ بےٚ مزٕ باسان۔
پۄنتمہ چِٹھہ منز وۄنمے مےٚ ژےٚ زِ ہر کانٛہہ چیز اوس تیلہ ساری قبیلُک
ملکیت آسان۔ بیوٚن بیوٚن باژن ہُند نہٕ کینٛہہ۔ سردار اوس نہٕ پننہ
خاطرٕ کانٛہہ خاص چیزاہ تھاوان۔ قبیلُک بأڈ آسنہٕ کِنۍ اُس تمِس
تہٕ بیٛین بأژن ہُندی پأٹھۍ پننہٕ حِصہٕ مَن میلان۔ مگر سُہ اوس
منتظم تمِس اُس قبیلہٕ کین چیزن تہٕ باقے ملکیژ ہیٛنہٕ تہٕ نظر
بہوان تھوٚنی۔ یتھےٚ تمِس شُند طاقت ہُربوو، تمۍ سوٗنچ یہ جاداد تہٕ باقے
چیز چھِ بِلکُل تمِسٕ سٕندی، قبیلکۍ چھینہٕ۔ یا سُہ اوس سوٗنچان
زِ قبیلکُ سردار آسنہٕ کِنۍ چھُ قبیلک نمایندٕ سُئے۔ تہٕ ییتہٕ کِنۍ
گو ملکیتُک تصوُر پأدٕ۔ ازکل چھہ اسی ہمیشہ سوٗنچان آسان یا کتھ
کران زِ یہٕ چیز چھُ "میون" تہٕ ہُہ چھُ چون۔ مگر ییتھ کٕنی مےٚ ووٚنے
ژےٚ زِ گوڈنکین قبیلن ہندی موہنیوکر یا زنانہٕ آسنہٕ ییتھ کِنۍ

سوچُان۔ ہر کاشہ چِھز اوس تیلہ قبیلکُ آسان۔ پرائی سردارن یُمتھے یہ سوچِّن ہیئوت زشہ چُھچُھ پاسے قبیلہ، لیئہذا ہیئوت تمو بیتہ سوچُّن زہ اکثر جیز ہیم قبیلکو اُسو نتم چھے تمُس پہنخہ۔

بیئلہ سردار مران اوس، قبیلکو ساری باز اُسو ستمان تہ پنس اُکھ نوّو سردار یا لیڈر اُسو ژاران مگر اکثر اوس سپدان یہ زِ سردار سِند گرِکی باژ اُسو باقین ہیند کھوتہ انتظامہ چیر کامہ زیادہ ٹھیکھ پاٹھی زانان تِکیازِ تمہ اُسو ہمیشہ سردارس سیتو سیتی آسان۔ تیم اُسو تمُس کامہ منز مدد کران۔ لیئہذا اُسس تمَن اَیچ وَاقفیت ہُران۔ تویے اوس سپدان یی زِ بیئلہ کاشہ وڈ سردار مران اوس قبیلکو لوکھ اُسو اُمی سِندی خاندانہ منز بیٔیس اکس پنُن سردار ژاران۔ لیئہذا سردارہ سُند خاندان اوس باقیو نِش مختلف بنان تہ قبیلہ اوس پنُن لیڈر اَمی خاندانہ منز ژاران۔ ووہ نی اوس سردارس وارِیاہ طاقت آسان تہ یہ اُس قدرتی کتھا زِ شہ اوس یژھان زِ تمُو سُند نیچُو یا بوے گوژھہ تمُو سُند جانشین بنُن۔ شہ اوس اَمہ خاطرہ سیٹھا کوشش تہ کران۔ لیئہذا اوس پننس نیچوس یا بائیس یا بیٔیہ کانٛسہ نزدیکی رشتہ دارس تربیت دِوان یُتھ زن شہ تمُس پتہ سردار بنِہ ہے۔ شہ اوس قبیلُس بیتہ وَنیُتھ تھاوان زِ کانٛسہ انسان یُس تمُو ژورمُت آسہ ہے تہ تجربہ

آسیہ ہَن ہیچنو مُسٹ گڑدہ تینٹس پَتہ سردار بنُ۔ شاید آسیہ ہَن گوڈہ گوڈ قبیلکو باقے افراد بِہ وَنُ پسند تہ کران۔ مگر تینٹن آسیہ جلدے عادت گو مُسٹ تہ پَتہ آسیہ ہَن تی کران بِہ سردار کرناوُن پڑدہ ہیکہ۔ ممکن اوس تہ نوّو سردار ڈارتس مَنہ چناوسٹیدان۔ پُروُن سردار اوس فائصلہ کرِتہ کھاوان زِ مسّے پَتہ کُس تِبنہ میون جانشین تہ سُسے اوس بِنان تہ۔

لیہٰذا بنے بِہ سردارِی وراثت، تینٹیک معنے زن گو زسو روز اُکی ہسے کرس اَیتہ۔ تاس بِنتہ لُخ تیٹمُ سِنڈس نیچُوس یا بیٹیہ کا شِیہ رشتہ دارس اَیتہ۔ سردارس اوس وہ ڈی بِہ بلکل یقین آسان کہ قبیلس یسُس جاداد وغائرہ چیچُ شہ چیچُ پیزر یا کھو تیٹمُ سُنڈُسے۔ اگر شہ مرہسے تہ جاداد اوس تیٹمُ سِنڈسے گڑِ روزان۔ آسیہ وُچہ زِ "بِہ چیچ میون چیزتہ شہ چیچُ چون"۔ بِہ خیال کیتہ کُننگو شروع۔ گوڈہ گوڈہ اوس نہ پُیتہ خیال بے ژاہ آسان۔ لوکہ اُسی ساری یکہ وَتہ قبیلہ خاطرِ کام کران نہ زِ پَنِنہ پَنِنہ خاطرِ۔ اگر تِہم دار یاہ خوراک اُسو پادہ کران یا بیٹیہ کانہہ چیز قبیلک پڑہتہ کانہہ انسان اوس اَمیک حصہ نِوان۔ قبیلس منز اوس نہ کانہہ امیر یا غریب آسان تیم اُسی قبیلہ کِہ جاداد کی حصہ دار آسان۔ مگر پتھ سردارن قبیلہ کین جادادس پیچھ ظمہ بڑزوّ نظرو میوت وُچھن تہ قبیلہ کین چیزن ہیوتُ پننہ چیزوَنُ۔ اَسیہ ہیوت اڈہ بو امیر بنُ اڈہ بو غریب۔
مسّے چھے ژئے دوّیمہ حیجہ منز اَتہ متعلق بیٹیہ تہ کیتہ وَنُن۔

# ۱۷۔ سردار چھُ بادشاہ بنان

اَمہِ قبیلہٕ سردأری کھوسون واریاہ وقت۔ ژےٚ دِیِن، کھیون نا؟ جلدٕے نیرِو اَسی اَمہِ نِشہِ۔ بلکہِ یِتھے بدلاوِیِن ناو میٚنے اوسُے وادِے کوٚرمُت زِ یُس وَنیٚ بادشاہ کیٚتھ کٔنۍ بنیٚ یہِ تہٕ تِم کیاہ اَسی۔ بادشاہی فِکرِ تریٚنہٕ خأطرٕ چھُ قبیلہٕ سردأری کُن بییہِ واپس گژھُن ضروری۔ ژےٚ آسہِ تہٕ قیاس کوٚرمُت زِ یِمے سردار بنیٚ یہِ یِنوا کُن پادشاہ یا راجہ تہٕ مہاراجہ۔ لفظ پیٹر یا پِتر (Pater – Patria) چھُ اَکِھ لاطینی لفظ۔ پیٹر یعنے مول اوس پننہِ قبیلُک یا لوکن ہُنٛد لیڈر تہٕ مول آسان۔ 'پیٹریا' یعنے مأل مالیُن یا پنُن مُلک چھُ اَمی لاطینی لفظہٕ منٛز درامُت۔ ژےٚ چھے خبر زِ فرانسیسی زبأنی منٛز چھُ یہِ لفظ 'پتری'۔ ہِندی تہٕ سنسکرتس منٛز چھُ اُسو پننِس مُلکس مأج مانان یا 'ماتر بھومی' ماجہ مالیُن وَنان۔ ژےٚ کُس لفظ چھے رُت باسان؟

بییہِ سردأری ہُنٛد عہد وراثت بنیو یعنے نیٚچو بنیو مألی

سُند جانشین۔ تِمِس تہٕ بادشاہَس روز کیٚہ فرق۔ اَمی لٮ۪ب بادشاہی

ہِنٛز شکل۔ بادشاہَس گو عجیب خیالاہ پٲدٕ زِ مُلکَس منٛز یِکینٛژھا

چھُ تہٕ چھُ تمۍ سُندُے۔ تمیٚ سوٗنٛچ زِ سُہ چھُ پانے مُلک۔ فرانسکۍ

اَکۍ مشہور بادشاہن وونٛ اَکہٕ لٹہٕ "ریاست گوس بہٕ" ——

l'etat c'est moi یعنی بہٕ چھُس ریاست۔ بادشاہَس

گو یہِ مُشہتھ زِ لُکھ چھِ ما اَسی تِمن انتظام کرنہٕ خٲطرٕ خُدا راکھ تہٕ باقی

چیز لُکَن منٛز بٲگرنہٕ خٲطرٕ ژاران۔ تِمن گو مُشہتھ زِ تِم اَسی اَدٕ

معہ کیٚہ ژارنہٕ یوان زِ تِم اَسی قبیلَس یا مُلکَس منٛز سارِوے کھوتہٕ

زیادٕ چالاک تہٕ تجربہٕ کار آسان۔ تمو کوٚر خیال زِ تِم چھِ مالِک تہٕ مُلکٕکۍ

باقی سارۍ لُکھ چھِ تِہُندۍ غُلام۔ حالانکہ تِمے اَسی مُلکٕکۍ

نوکر۔

بیٚیلہِ ژٕ بڑو تھٕ ٹیکھتہٕ تواریخ پرکھ ژٕ وُچھکھ زِ پادشاہ

سپید تھتھو مغرور زِ تمو دوٗپ لُکَن چھُنہٕ اَسی ژارنَس سیتی کانٛہہ

تہٕ تولُق۔ تِم اَسی وَنان زِ اَسی چھِ پانہٕ خدایَن پادشاہ بناوِی میتہٕ۔ تِم اَسی

اَکھ "پادشاہی ہُند خدٲیی حق" وَنان۔ سیٚٹھاہَس کالَس کوٗر تِمو تِہُندیٚ

غلط وَرتھ اختیار۔ تِم اَسی بٔڈٕ چھِمہٕ خِمہٕ تہٕ شانہٕ سان روزان مگر

تِہُندۍ لُکھ اَسی بُعہ چھِ بُعہ گران سران۔ مگر آخرکار گوٚو یہِ عام

لُکو برداش تہٕ واریاہن مُلکن منٛز ژھنٕو تِمو یہ بادشاہی ختم کٔرِتھ۔ ژٕ
پٔرِکھ اَتھ مُتعلق ذرا یِتہٕ پٔتھ زِ انگلستانکو لُکو کیٚتھ کٔنٛو وُچھو پننس
بادشاہ چارلس اَکی میس خلاف، تِمَس دِژھکھ شِکس تہٕ پتہٕ کورُکھ
قتل تہٕ۔ فرانسہ کیو لُکو کیٚتھ کٔنٛو اوّن بوڈ انقلاب تہٕ فیصلہٕ کورُکھ
زِ تِم تھاوَن نہ پادشاہی ہُنٛد یہ سلسلہ کینٛہہ۔ ژٕ تے آسی یاد
زِ پیرِسس منٛز وُچھاو اَسہ کانسرجری ایک قائد خانہٕ یتھ بَر ژٕ اُسکھا
اَسہ سیٚتھو تِمہ ساتہٕ۔ اَتھ جیل خانس منٛز اُسو پادشاہ سِندِ گرکو
باژھ تھاوِنہٕ آمِتو۔ تِمو سِنٛز زنانہٕ میری انٹونی تہٕ باقی ژٕنی۔ ژٕ پٔرِکھ
روسہٕ کِس بڈِس انقلابس مُتعلق تہٕ۔ یہ سلسلہ کینٛہہ وَرِی بروٚنٛہہ
روسہٕ کیو لُکو پنُن بادشاہ یُس زار اُسو وَنان گٔژِھتھ ژھُن۔

بہرحال بادشاہن ہُنٛد وقت موکلیوو تہٕ واریاہن مُلکن منٛز
چِھنہٕ وونی بادشاہ کینٛہہ۔ فرانسہ، جرمنی، روس، سویزرلینڈ، امریکہ، چین
تہٕ بیٚیَن واریاہن مُلکن منٛز چِھنہٕ وونی بادشاہ۔ تِم چِھ جمہوری مُلک۔
تہٕ گو یہ زِ عام لُکھ چِھ وِزہِ وِزِ پننِن حاکمن تہٕ لیڈرَن ژاران۔ یِم لیڈر
تہٕ حاکم چِھنہٕ وراثتی یِنان۔ ژٕ تے چھے پتاہ زِ انگلستانس منٛز چھُ
وُنہٕ تہٕ بادشاہ۔ مگر تِمَس چِھنہٕ طاقت کینٛہہ تہٕ۔ سُہ ہیٚکہ سیٚٹھا کم کینٛہہ
کٔرِتھ۔ تتہٕ چِھ سورُے طاقت پارلیمنٹس اَتھ۔ یتیٚنہ زِ لُکن ہُنٛد کر
ژارِتی میٚتو لیڈر بہان چھ۔ ژٕ تے آسی یادے زِ ژٕ تے وُچھات لنڈنس

منز پارلیمنٹ۔

ہندوستانس منز چھہ اَسہ وُنہِ وارِیاہ راجہ تہٕ مہاراجہ بیٚیہِ نواب
ژُ وُچھہَک تِم زُرت لِباس لاگِتھ۔ قیمتی موٹر کارَن منز تہٕ اَتھہ
روٗس دولتھ پانس پیٹھ خرچاوان۔ تِم کتہِ چھہ بیٹھتھ دربار انان؟
تِم چھہ ٹیکسن ہُنٛد زُرِ تہٕ لُکن نِش یِم حاصل کران۔ ٹیکس چھہ
اَمہ سٟتی دِنہٕ یِوان یِتھہ زَن مُلکہٕ کین سارِنٕے لُکن پیٹھ دولتھ
خرچ ہیٚکہِ سپدِتھ۔ سکوٗل ییہِ ہن کھولنہٕ۔ شفاخانہ، کتاب گرٕ
تہٕ عجائب گھرین بناونہٕ۔ پُژ سڑکہ یِن بناونہٕ تہٕ بیٚیہِ وارِیاہ ہیٚکن
یِتھہ نٕے کامین ہُنٛدِ خاطرٕ چھہ ٹیکس دِنہٕ یِوان۔ مگر سانی راجہ
مہاراجہ چھہ وُنہِ تِتھے کُنی سوچان یِتھہ کُنہ فرانسک بادشاہ وَنان
اوس "ریاست گوس بہٕ"۔ تِم چھہ لُکن ہُنٛدی پونسہ پننہٕ عاشہ
آرامہ خاطرٕ خرچاوان۔ تِم چھہ اسرافچ زندگی گُذاران۔ تِہنٛدی رٕییتھ
یِم نَم ژَم کٲلِتھ تِمن پونسہ چھہ دِوان چھہ یوچھہ سٟتی مران تِہنٛدین
شُرین چھہ نہٕ مدرسہ تہٕ یوٗت تِم گرٕنٕے ہیٚن۔

# ١٨۔ گوڈٕ کالکۍ تہذیب

سردارن تہٕ پادشاہن مُتعلق یہِ کینژھا اَسہِ وۅن تہِ چھُ فلحال سیٹھا۔ اَسہِ گژھو وۄنی بیٚیہِ ہمن ہنا پتہٕ پھِرن تہٕ وُچھو زِ پرانٕی تہذیب کیاہ اَسۍ تہٕ تِمن دوہن کمہٕ قسمکۍ لُکھ اَسۍ روزان۔

اَسہِ چھنہٕ یِمن ابتدائی لُکن ہنٛز زیادٕ خبر مگر پرانہٕ تہٕ نۆ کنہٕ زمانہٕ کین انسانن ہنٛدِ کھوتہٕ چھےٚ اَسہِ یِمن ہنٛز زیادٕ واقفیت وُنہٕ تہِ چھِہ اَسۍ۔ جِمن بجین عمارژن ہنٛدۍ کھنٛڈرات وُچھان۔ یِم سارے بۆڈۍ وَری برٛو نِہ بناونہٕ آسہٕ آمژٕ۔ یِمن عمارژن منٛدرن تہٕ رازٕدانین کُن وُچھتھ ہیکو اَسۍ اَکھ تصور قایِم کرِتھ زِ یِم ابتدائی لُکھ کیٛتھۍ چھِہ اَسۍ ہیتھ تہٕ تِم کیاہ چھِہ اَسۍ ہیتو کران۔ یِمن پرانین عمارژن منٛز یِعس یہِ مۄرژٕ گری تہٕ سنگ تراشی کرنہٕ چھےٚ آمژٕ سو چھےٚ اَسہِ خاص طور مدد دِوان۔ کُنہٕ کُنہٕ چھِہ اَسہِ اَمہٕ مۄرژٕ گری تلہٕ ننان زِ تِم کیٛتھہٕ لباس تہٕ بانٕنۍ چیٖز اَسۍ لاگان۔

اَسۍ ہیکو نہٕ یہِ کنہٕ سکہٕ پاٹھۍ وَنِتھ زِ انسان کنہٕ بسیو

گوڈنیتھ تہٕ کنتہٕ ہیوتن گوڈٕ تہذیبس گوڈ بُرن۔ کینٛہہ لوکھ
چھِ ؤنان زِ یِیتہٕ ہِسا اوس اطلانٹک سمدرس منٛز اکھ بوڈ ملک
اتھ مُلکس چھِ تِم اطلانٹس ؤنان۔ دپان چھِ اتھ مُلکس منٛز اسہ
لوکھ روزان تِم اُسہِ سیٹھا مہذب۔ کیا ہتام سپد وجہ تہٕ یہِ ملک
ووٚل اطلانٹک سمدرن تل پاتال تہٕ امیک کانٛہہ حصہ روُد نہٕ باقے۔
اسہِ نِش چھُنہٕ امہ کتھہ ہُند کانٛہہ ثبوت۔ محض چھےٚ کتھ۔ اسہِ ہیکو
یہِ کتھ کھٔسیتھ بحثک چھُنہٕ ضرورت۔

بیٚیہ چھِ کینٛہہ لوکھ ؤنان زِ پرانہٕ زمانہٕ چھِ امریکہ ہَس
منٛز تہِ سیٹھا بڈٕ تہذیب اُسمٕژ۔ ژےٚ چھےٚ پتاہ زِ دپان چھِ
کولمبسن کوٚر امریکہ دریافت۔ مگر امیک چھُنہٕ یہِ مطلب زِ کولمبس
پیٚنہٕ برونٛہہ کیاہ اوس نہٕ امریکہ کُنی۔ امیک معنے چھُ صرف یہِ زِ
یورپ کین لوکن اوس نہٕ تَوٚتام امیچ خبر لوٚگ تام نہٕ کولمبسن سہ
تہندِ خاطرٕ وُچھ۔ کولمبس یِیلہ توٚر گو تتہٕ اُسہِ لوکھ روزان تہٕ
اکہ قسمک تہذیب ہانہٕ اوسکھ۔ یوکاتان (Yukatan) ییٚس
شمالی امریکہ کس میکسیکو ہَس منٛز چھُ۔ بیٚیہ جنوبی امریکہ کس پیرُو ہَس
منٛز تہِ چھِ اُسہِ پرانین عمارژن ہٕندۍ کھنٛڈر وُچھان۔ اسہِ ہیکو
نہٕ وانہٕ وٚنِتھ زِ واریاہ پرانہٕ زمانہٕ چھِ پیرو ہَس تہٕ یوکاتانس
منٛز بڈٕ مہذب لوکھ اُسمٕژ۔ مگر تِمن مُتعلق ہیکو نہٕ اسہِ زیادٕ کینٛہہ

وُنِتھ۔ تِکیازِ وُنی کیٚمن چھیٚنہٕ اَسہِ زیادٕ پَتاہ۔ مُمکن چھُ تِمَن مُتعلق ماہِرکوٚ اَسہِ پتہٕ پیٚتھَن بیٚیہ کینٛہہ عِلم حاصِل کَرُتھ۔

یوٗرپ تہٕ ایشیایہِ کُنہِ ناو اریشیا (Eurasia) چھُ اَتھ مَنٛز چھِ قاٲلِبن گوڈنِکو تہذیب عراق، مِصر، کریٖٹ، ہِندوستان تہٕ چیٖنس مَنٛز اَسو ہیتو۔ مِصر چھُ وۄنی افریقہ ہُک مُلک مانہٕ یِوان۔ مگر اَسہِ مانوٚن یِہ اریشیاہکے مُلک تِکیازِ یِہ چھُ اَتھ بِلکُل نزدیٖکھ۔

ییٚلہِ ژرانِو قبیلو، یِم اوٚرِ یور پھیران اَسو یوٚژھ اَکی ہیٚے جایہِ ڈیرِ ژراوُن، تِم یِمہٕ قِسمہٕ چھِ جایہِ ژارٕہَن؟ سو اَسہِ ہیٚے تِژھ جایا آسان یِیِتہٕ تِمَن خوٚراک سَہَل پاٹھٕ بَنِتھ ہیٚکہِ ہیٚے تِہُنٛد خوٚراک اوس زیادٕ تر کھیٚتَن مَنٛز زمین داری سیٚتؠ وۄپدان۔ زمین لاگنہٕ خاطرٕ چھُ آب سیٹھا ضروری۔ آبہٕ وَراے چھِ کھاہ ہیوٚکھان۔ تِمَن مَنٛز چھُنہٕ کینٛہہ وۄپدِتھ ہیکان۔ ژٔٹے چھِ خبر ییٚلہِ وہراٹھ مَنٛز ہِندوستانس مَنٛز زیادٕ رٕوُد چھُنہٕ پیوان۔ خوٚراک چھُ کم وۄپدان تہٕ ڈراگ تہٕ چھُ وۄتھان۔ غریبَن چھُنہٕ کھیٚون سُمب بنان۔ تِم چھِ بوچھہِ سیٚتؠ مَران۔ لِہٰذا چھُ آب سیٹھا ضروری۔ اوٚے آسہٕ ہَن گوڈنِکو بَسکیٖن دَرِیاوَن ہَنٛزہٕ خاطرٕ تِژھ جایہِ ژارِ مَنٛز یتِ سیٹھا آب آسہٕ ہَن وۄچھان۔ اَسہِ چھِ وۄچھان

نہٕ پیٛی چھُ اوسمُت تہٕ ۔

عراقس منز لاج تموٚ دوٚن بٔڈین دٔریاوٚن ٹھگرس تہٕ
فرانسس منز باگ بستی ۔ مصرس منز اٚسۍ تمن بٔڈ نیل ۔ ہندوستانس
منز اٚسۍ تمن اکثر بٔڈۍ شہر بٔڈین دٔریاوٚن سیٛتۍ ، گنگا یہ تہٕ جمنا یہ
نزدیکھ ۔ آب اوس تہہندِ خاطرٕ تیوٗت ضروٗری زِ تمہ اٚسۍ تمن دٔریاوٚن
پاک تہٕ شوٗزِ مانان ۔ ییم اٚسۍ تیمن واگٕنرِ خود راک تہٕ باقے نیائمژ
دِوان ۔ مصرس منز اٚسۍ تیم دریاے نیلس " موجِ نیل " ونان ۔ تہٕ
اَتھ اٚسۍ پوزا تہٕ کران ۔ ژےٚ چھےٚ پتاہ زِ ہندوستانس منز اٚسۍ
گنگا یہ پوزا ایوان کرنہٕ تہٕ یہ دٔریاو چھُ وُنہ مقدس مانہٕ یوان ۔
اَتھ چھِ ونان " ماج گنگا " ۔ ژےٚ چھےٚ خبر زِ یاترکر چھِ " گنگا
مائی کی جے " نعرٕ دِوان ۔ اَمہ عبادتُک معنیہ فکر ترُون چھُ سہل
تکیازِ تیمن نِش اٚسۍ ییم دٔریاو سیٛٹھا گیٛنہٕ معنیہ تھوان ۔ ییم
اٚسۍ نہٕ تیمن صرف آبہ اوت دِوان بلکہ ملبہ تہٕ سیکھ تہٕ ییمہ سیٛتۍ
تہندۍ کھاو بہلو اٚسۍ بنان ۔ دٔریاوٚن ہندِ آبہ تہٕ ملبہ سیٛتۍ
اوس زمینہ منز غلبہ خود اک ووپدان ۔ اَوے اوس دریاوٚن " مول
یا موج " ونہٕ یوان ۔ مگر لوکن چھ عادتھا زِ تمن چھنہٕ یاد روزان زِ تمہ
کیازِ چھِ کام کران ۔ سوچنہٕ وراے چھِ تم بیٚین نقل کران ۔ اَمہ پتہٕ
یادتھاوُن زِ نیل یا گنگا چھےٚ اَوے سببہٕ مقدس مانہٕ یوان زِ تمہ چھِ
اَسہ آب تہٕ غلہ دِوان ۔

# ۱۹- پرٛانہِ دُنیاہکۍ بٔڈۍ شہر

اَسہِ وُچھ زِ لُکو چھِ گوڈٕ بٔڈین بٔڈین دٔرِیاوَن نزدیکھ
تہٕ زرخیز وادِیَن منٛز بستی بسِہ لاجمٕژ۔ یِمَن جاین اوسُکھ خورٲک تہٕ
آب واریاہ آسان۔ تِہنٛد کٕ بٔڈۍ شہَر ٲسۍ دٔرِیاوٕ بِٹھین پیٹھ
آسان۔ ژٕلے آسہٕ نٔنۍ یِمَن پرٛانین کیٛنژن شہرَن ہٕنٛدۍ ناو
بوزِ مٕتۍ۔ عراقس منٛز ٲسۍ بابل۔ نینوہ تہٕ آسر۔ مگر یِم سٲری چھِ
پرٛانہِ وَقتہٕ ٲسۍ مٕتۍ تہٕ لُکھ اگر کُنہِ کُنہِ سٕیکہِ منٛز تہٕ زمینس واریاہ
کھنان چھِ تِم چھِ یِمَن شہرَن ہٕنٛدۍ آثار وُچھان۔ ساسہٕ بدٕین
وُرِیَن منٛز چھِ تِم بِلکُل سٕیکہِ تہٕ میٚژِ تَل دَباونہٕ آمٕتۍ تہٕ یِمَن ہُنٛد
کانٛہہ نِشانہٕ چھِنہٕ ٲسۍ وُچھِتھ ہیکان۔ کیٛنژَن جاین چھِ تِمَن
پرٛانین شہرَن بِلکُل نالہٕ پیٹھ نوۍ شہر بنے مٕتۍ تہٕ تِم چھِ ڈیٚمُتۍ۔
تِہُنٛد لُکھ یِمَن پرٛانین شہرَن ہٕنٛدۍ نِشانہٕ وُچھنٕچ کوشش
کران چھِ تِمَن چھُ سٕہٕٹھا سٔرُن کھنُن پیوان۔ تہٕ کُنہِ کُنہِ چھِ تِمو
واریاہ شہر پیٚوٕ مٕژ پیٹھ وُچھِمٕتۍ یِم سٲری دَبے مٕتۍ چھِ بہرحال

تِم چھِنہٕ پیٚتھٕ کُنہٕ اَکی وِزِ موجود آسی مِتۍ آسان ۔ اَکھ اَکھ شہر چھُ
غٲلِبن ہِتۍ بدبن وٲریاہن موجود اوسمُت ۔ لُوکھ چھِ یِمن منٛز بسٚی مِتۍ
تہٕ مۆدی مِتۍ ۔ تِہُند یِ شرکہ تہٕ شرُوعن ہُند یِ شرکہ تہٕ چھِ اَسی مِتۍ تہٕ مۆدی
وارٕ وارٕ چھُ شہرٕ وُجار گومُت تہٕ لُوکھ تہٕ چھِکھ سپدی مِتۍ ۔ پُوٚنس
چھُنہٕ تِنہٕ کانٛہہ رۆد مُتُے تہٕ ساری جاے چھِ کھنڈرن ہُنٛد
امبار ہیٚش بنے مِتۍ ۔ سیٚٹھاہ تہٕ گرد چھے آمٕژ تہٕ شہرن پیٚٹھ پیٚمٕژ ۔
تہٕ اُکھ تُلنہٕ خاطرٕ چھُنہٕ کانٛہہ شخص اوسمُت پیٚتھ کُن ۔ وار اہوٕ وٲری ۔ لُو
پیتہٕ چھُ بیٚل کُل سورُے شہر اَتھی میٚژ تہٕ سیٚکہ تَل دبیومُت ۔ لُوکن
چھُ پیتہٕ مُشمت گومُت زِ یتہٕ کیاہ چھُ شہر تہٕ زاہ اوسمُت ۔ ہتہٕ بدی
وٲری آسہ یِمن گذریمتۍ آسان نوٚی لُوکھ آسہ یِمن یوان تہٕ نوٚو شہر
آسہ ہے بسان ۔ نوٚو شہرٕ تہٕ آسہ ہے پیتہٕ پنہٕ وارٕ پرانن تہٕ وُجارٕ
گژھان تہٕ کھنڈر بنان ۔ یُہ آسہ ہا سیٚکہ تہٕ میٚژِ تَل وقت گذنہٕ
پیتہٕ غائب گژھان ۔ لہٰذا چھِ اَسی بعضے پیوٚلٹس پیٚٹھ شہرن ہُندی
کھنڈر وُچھان ۔ یہ اوس خاصکر سیٚکہ علاقن منٛزے سپدان یِکیاز
سیٚٹھاہ چھے ہر چیزس وُلی وُلی دباوان ۔

یہ چھُنا عجیب کتھ زِ شہرس پیٚٹھ آسہ ہے شہر بسان
تہٕ بےشمار ہردن تہٕ زمانن تہٕ شرُوعن ہنٛز بَسن جاے بسان تہٕ تِمہ پیتہٕ
وارٕ وارٕ وُجار گژھان ۔ یتھ جایہ پرانی شہر آسہ یِمن تتہٕ آسہ یِمن

نوٚو شہر لبسان ۔ لۄکن ہُنٛد نوٚو ُوے ہجوم آسہٕ ہے یوان تہٕ تِمن منٛز
بسان ۔ تِمہٕ تہٕ آسہٕ ہن مران تہٕ پتہ کُنہٕ کانٛہہ نیب نشانہٕ تراوان ۔
ہیمن شہرن ہُنٛد حال لیوٚکھمے یمے کیٚنٛژن جملن منٛزٕ ۔ مگر زٕ سوچ
زِ ساسن ہنٛدی ساس ورِی آسہٕ ہن ہیمن شہرن بنہٕ تس لگان تہٕ
پتہٕ ختم گژھنس منٛز تہٕ نوی شہر آسہٕ ہن تہنٛز جاے رٹان ۔ اسہ چھہ
اکس ستتھ یا شیٹھ وُہرِس انسانس بڈٕ وٕنان ۔ ییٚلہٕ اسہ ساسن
ورِی ین ہنٛز کتھ کرو ستتھ یا شیٹھ ورِی کیاہ چھہ اتھ مقابلہٕ ؟
ہیم شہر ییٚلہٕ موجود آسہٕ ہن کیتیاہ شرٕ آسہٕ ہن بڈٕ گژھان تہٕ بیٚیہ
پتہٕ بیٚیہ زٕ یوان ۔ وۄنی چھہ بابل یا نینوہ ساینہٕ خاطرٕ صرف ناو پتہ کُنہٕ
روٗدمت ۔

بیا اکھ پرٕون شہر اوس شامس منٛز دِمشق ۔ مگر دِمشق
گوٚو نہٕ کیٚنٛہہ ۔ یہ چھہ وُنہٕ تۄتی اکھ بوٚڈ شہر ۔ وُنہٕ چھہ یوان زٕ شاید
چھہ دمشق دُنیاہس منٛز سارِوے کھوتہٕ پرٕون شہر ۔

ہنٛدوستانس منٛز تہٕ چھہ ساینی بڈی شہر درِی با وٕچھن پیٚنٛھے ۔
سارِوے کھوتہٕ پرانیو شہرو منٛز چھہ اکھ 'اندراپرستھا' اوسمُت ییٚس
دلہٕ نزدیکھ کتین ناو اوسمُت چھہ ۔ مگر اندراپرستھا چھنہٕ وۄنی کیٚنٛہہ موجود ۔
بنارس یا کاشی تہٕ چھہ سیٹھا پرٕون شہر ۔ شاید چھہ دُنیاہکین
سارِوے کھوتہٕ پرانین موجود شہرن منٛز بیٚیہ اکھ شہر ۔ 'الہ آباد'

کان پور، پٹنہ تہٕ بیٹیہ وارِیاہ شہر تہٕ چھہِ دٔری یاو بھٹین پیٹھے،
یِم تٕہ پانہٕ تہٕ ہیکہٕ ینکھ وُچھتھ۔ مگر یِم چھِنہٕ زیادٕ پرٲنی۔ اگرچہ
پریاگ، یا الٰہ آباد تہٕ پٹنہ یا پاٹلی پُتر چھہِ کم زیادٕ پرٲنی یِوان ماننہٕ
بیتھے کٲشُر چھہِ چینس منز تہٕ پرٲنی شہر۔

●

# ٢٠- مِصر تہٕ کریٹ

یِمَن پٮ۪ٹھ کالہٕ کیٛن شہرَن تہٕ گامَن مَنٛز کَمہِ قسمُک لُکھ
چھِ رۄزان آسی مٕتۍ۔ یِمہ بیٛچھ عمارژ تہٕ ژۄدٕ آسی تِمو بناوِمٕتۍ چھِ،
تِمو تلہٕ ہیٛکو اَسۍ تِمَن مُتعلق کیٛنٛہہ نَتہٕ کیٛنٛہہ زٲنِتھ۔ کیٛنہہ پوٚزَن پیٛٹھ یِہ
کیٛشٕرٕ ہا تِموٕ لیٛو کھمُنت چھُ شُتہ ہیٛکہِ اَسۍ تِمَن دوہَن مُتعلق
واریاہ کیٛنٛہہ زٲنِتھ۔

مِصرس مَنٛز چھِ وُنہِ تہٕ اَسۍ بٔڑۍ اہرام تہٕ سفِنکس بٮ۪یہِ سیٛٹھا
بٔڑۍ مَنٛدرَن ہٕنٛدۍ کھنٛڈر وُچھان، یِم چھِ لکشر تہٕ بٮ۪ییَن جاین مَنٛز
ژٔٹۍ چھِتھ یِم وُچھِتھ۔ یُوٚدوٕے نیٖلہ اَسۍ سوئیز نہرِ مَنٛزۍ تریاے
یِم اَسۍ تہٕ اَسہِ نِش زیادہٕ دوٗر۔ توتہٕ چھِتھ ژٔٹۍ تِمَن ہِنٛزٕ شکلہٕ
وُچھِمٕژ تہٕ شاید چھِے ژٔٹۍ تِہنٛزٕ پوسٹ کارڈ شکلہِ تہٕ موجود سفِنکس
چھُ سیٛہہ اکھ زنانہٕ ہِنٛد کلہٕ کرِتھ۔ یہِ چھُ اکھ سیٛٹھا بوٚڈ چیز
(پوتُل)۔ کانٛہہ چھُنہٕ زانان زِ یہِ کیاز چھُ بناونہٕ آمُت تہٕ یہِ کمہِ کتھہِ
ہِنٛزٕ نمائندگی چھُ کران۔ زنانہٕ ہِنٛدِس بُتھِس پیٛٹھ چھُ اکھ عجیب

ۄپٹھ کُجار۔ تکیہ چھِہ حاران زِ اَمہ اَسنک معنے چھُہ کیاہ۔ محاور چھُہ زِ
کانٛہہ اِنسان چھُہ سفنکس ہیوٚ تہٕ زن گوشہ چھُنہٕ فکرِ تران۔

اہرام تہٕ چھِہ بڈی زُ دوٚسی ہیم چھِہ پٔنٛزی میصرکین پرانین بادشاہن
ہندی مقبرٕ یمن فرعون اَسی وَنان۔ ژٕ مے چھُیا یاد زِ لنڈنہٕ کِس
عجایب گرس منز وُچھا یہٕ اَسہِ مصرچہ مُمی یہٕ'۔ ممی چھِہ تِتھ اِنسانٕ شِرز
یا حیوانہ شِرز لاشہ وَنان' یِتھ محفوظ تھاونہٕ خاطرٕ تیل تہٕ مَصالہ
برنہٕ چھُہ یوان۔ فرعونن ہندین جسمن تہٕ چھِہ ممی یہٕ بناونہٕ آمژ۔ یِمیہ
تِم مران اَسی پتہٕ اَسی تِمن سیٹھہٕ نِیے بڈین اہرامن منز تھاوان۔ تِمن
برونٛہہ کِنہِ اوس تہٕ ہندسونہ شندتہٕ چاندٕ شند گہنہ تہٕ ساماناتہٕ
خوراک تہٕ تھاونہٕ یوان۔ تکیازِ تِمیلہِ اوس سوچنہٕ یوان زِ مرنہ پتہٕ
چھِہ تِمن ہیم چیز بکار یوان۔ زِ یاترٕ ژے وُری برونٛہہ لٔب کینژو لوکو
اَکِس فرعون سِنٛز لاش' یِمیو شند ناو تُوتن خامن' اوس۔ اَمِس
برونٛہہ کِنہِ اَسی کینٛہہ خوبصورت تہٕ قیمتی چیز۔

تِمو بناوِ تِمن دوہن میصرس منز شاندار نہر تہٕ زمین لاگنہ
تہٕ سگ دِنہٕ خاطرٕ بناوکھ سدرتہٕ۔ خاص کر اوس اَکھ تہٕ اَکھ مشہور
تلاو "میریڈوی"۔ اَمہ تلہٕ چھُہ نشان زِ پرانٛی میصرکی کیتیاہ چالاک تہٕ
ترقی یافتہٕ چھِہ اَسی مِتی۔ ییم نہر تلاو تہٕ اہرام تعمیر کرنہٕ خاطر آسہِ ہٕن
تِمن نِش سیٹھا انجنیر اَسی مِتی۔

اکھ لوکٹ جزیرٕ 'کریٹ' یا کانڈیا چھُ بحرِ روم منز۔ یلہِ
اَسہِ پورٹ سعید پیٹھٕ وینس گژھان اَسو، اَسہِ گیہِ یہ اَمی جزیرٕ کِنۍ
اَتھ لوکٹس جزیرس منز اوس تمن پیٹھ انٛہن دوہن بڈٕ رُت تہذیب
کریٹ کِس نوسس منز چھُ اکھ بڈٕ بوڈ محلہ خانٕ اوسمُت۔ اَمہِ
محلکو کھنڈر چھِ وُنہِ موجود۔ اَتھ محلہ خانس منز چھُ غسل خانٕ تہٕ نلکہ
تہٕ اَسہِ میتو کینٛہہ جاہِل لوکھ چھِ زانان زِ یِم چیز چھِ نوٕے ایجاد۔ خوبصورت
بانہٕ بناوُنۍ، مُرتہٕ گری، مُصوری، دھاتن تہٕ ہُشو وَندہِ چھ کام۔
اَتہٕ بڈٕ جان پاٹھو زانان اَسو میتہ۔ کریٹ کِس اَتھ لوکٹس جزیرس
منز چھِ لوکھ بڈٕ آرامہٕ سان روزان اَسو میتو تہٕ تِمو اَس سیٹھا ترقی
کرٕمٕژ۔

ژےٚ آسہِ تہ میڈٕ اَس بادشاہس متعلق پوٚرمُت، ہیمس یہ
مُشکِل گژھتھ آمُت اوس زِ یِتھہ چیزس ژٕ اَتھ لاگہٕ ہے تِتھہ اوس
سوٚن بنان۔ تِمِس اوس نہٕ کانٛہہ چیز کھیوٚن یِوان۔ تِکیازِ کھینس
تہٕ اوس سوٚنے بنان تہٕ کھین اگر سوٚن بنہِ تِتھہ کیاہ فائدٕ چھُ۔
تِمِس اوس طمأے آسنس پیٹھ یہ سزا دِنہٕ آمُت۔ یوٚد وَے ریہ
چھےٚ اکھ خیالی دلیل مگر یہ چھےٚ ہاوان زِ سوٚن چھُنہٕ تنیوت رُت
تہٕ فائدٕ مند چیز یوٚت اَتھ لوکھ زانان چھِ۔
کرتہٕ ییٚچ چھےٚ بیاکھ دلیلہ ہن تہٕ یوس ژےٚ بوزمٕژ آسہِ تہ۔

یہ چھےٚ اَکھ داند کلہٕ انسان شٕنٛز دلیل۔ یُس راکھشِس[2] چھُ مانٛنہٕ یوان۔
نِصیف انسان تہٕ نِصیف داند۔ وَننہٕ چھُ یوان زِ اَمِس راکھسس
اَسی جوان مو ہینوٚی تہٕ جوان کوٚر کھیٚنہٕ بدلہٕ دِوان۔ مےٚ چھےٚ ژٕ سے
بڑو نِشیٛو ووٚنمٕت زِ مذہبُک تصوٗر چھُ غایبی خوفُک نتیجہ۔ اَمی خوفہ
سٕببہٕ یعنے یہ کیٚنٛژھا اَسہٕ پانس اَندٕ وٚکھمو سپدان چھُ تہٕ نہ سمجھنہٕ
موکھ اَسی لوکھ ہیٚقل کامہ کران۔ یہ چھُنہٕ ممکن زِ لُڑکن تہٕ کورِن
آسہٕ ہٕن کانٛسہ یِزِس راکھسس پیٚٹھ قربان کران۔ تکیازِ مےٚ چھُنہٕ
یقین زِ یِتھ راکھشس کیٛاہ آسہ ہے زاہ کانٛہ اوسمُت۔ بلکہ اَسی
زِنہم خیالی راکھسس نذرانہٕ سوزان۔

ننٛمن پرانین دوہن آسہ سارِی ہے دُنیاہس منٛز انسانی
قوربانیہ دِنہٕ یوان۔ یعنے مو ہینوٚی تہٕ زنانہٕ آسہ اَکِس خیالی
وجوٗدس ہٕمِس زہم پرستش اَسی کران نذرانہٕ کنہٕ پیش یوان کرنہٕ۔ مصرس
منٛز آسہ کورِ دریاے نیلس منٛز ترٛاونہٕ یوان۔ تکیازِ زہم اَسی سوچان زِ اَمہ
سیتی گژھہ 'مول نیل' خوش۔

خوش قسمتی کنہٕ چھُنہٕ ووٚنی انسانی قوربانیہ دِنہٕ یوان۔ سواے
کُنہٕ کُنہٕ دور دُنیاہکین کوٚنن منٛز شاید۔ مگر وُنہٕ تہٕ چھہِ کینٛہہ لوکھ دیوتاہن
خوش کرنہٕ خاطرٕ شبوانُ ماران۔ یہ چھُ کانٛسہ دیوتاہس عبادت کرنُک عجیب طریقہ۔[1]

۵ Minotaur داند کلہٕ انسان ۲ Monster راکھشس

# ۲۱- چین تہٕ ہِندُستان

اَسہِ وُچھ زِ گوڈنِکۍ تہذیب گَیہ عراقس، مِصرس تہٕ کریٹس
منز شروع۔ کریٹِس بحرِ رومس منز اَکھ لوکُٹ جزیرٕ اوس یمیُک باشِندٕ
کرٕ لُکو ترقی تہٕ۔ قریب اَتھوٕ وقتس منز گَیہ چینس تہٕ ہندُستانس
منز تہٕ بڈٕ تہذیب شروع۔ یِمو کرٕ کھ پننہٕ پننہٕ طریقہ ترقی۔

چینس منز تہٕ بسیہ یہ باقی جایَن ہِندی پاٹھو لوکھ یِڈین
دریاوَن ہِنزَن وادیَن منز۔ یِمن لوکن اَسہِ منگول وَنان۔ تِم اَسہِ
سٕتی ہِندی خوٗب صورت پانہٕ بناوان تہٕ پَتہٕ شیشرٕ وی تہٕ تِمن
آیہ نہرتہٕ عالی شان عمارژ تہٕ بناونہٕ تہٕ لیکھنکو توٗی طریقن تہٕ
اَس ترقی کرٕ مژ۔ یِہِند لیکھن اوس سانہٕ ہندی انگریزی یا اُردو
لیکھنہٕ نِش مختلِف۔ یہ اَس اَکہٕ قسمِچ شکلہٕ لکھاَسہ آسان۔ ہر کانہہ
لفظ یا کُنہٕ وِزِ اَکھ لوکُٹ جُملہٕ اوس اَکھ تصویر آسان۔ پرانس
مِصرس، کریٹس یا بابلس منز تہٕ اوس شکلن ہِندی ذریعہ لیکھنہٕ
یوان۔ وۄ نی چھہ اَکھ اَز" ہیروگ لیفک" (Hieroglyphic)

لِکھاے وۄنان ژٕے آسہِ تھ یہِ لِکھاے عجائب گرن منز تہٕ کیٚنژن عجائب
گرن منز تہٕ کیٚنژن کتابن منز وُچھمُت۔ مصرس تہٕ مغربس منز چھےٚ یہِ
لِکھاے صرف پرانین عمارژن منز درینٹھ گژھان۔ تتہٕ چھُنہٕ وایہِ
کالس اَمہِ طریقہٕ کانٛسہِ لیوٗکھمُت۔ مگر چیٖنس منز چھُ اَز تہٕ کیٚنژھا
شکلن ہندی ذریعہ لیکھنہٕ یوان تہٕ یہِ چھُ ہیٚر پیٹھٕ بون کُن یوان
لیکھنہٕ تہٕ ہندی یا انگریزی ہِکو پٲٹھۍ چھُنہٕ کھووِ پیٹھٕ دۄچھن کُن
لیکھنہٕ یوان یا اُردوٗ ہِکو پٲٹھۍ دۄچھنہٕ پیٹھٕ کھووُر کُن۔

شاید چھُ ہندوستانس منز تہٕ واریاہن پرانین عمارژن ہندی
آثار وُنہٕ سیٚٹھاہ زمینہٕ تَل دَبِتھ۔ تِم چھِ اَمہِ نِشہِ توٗتام کھوٚٹِتھ
یوٗتام نہٕ کانٛہہ تِمن کھنِتھ کڈِ۔ مگر شمالس منز چھِ واریاہ پرٲنۍ کھنڈر
برونٛہہ کڈنہٕ آمٕتۍ۔ اَمہِ چھُ پتاہ زِ سیٚٹھا برونٛہہ آرین ہندِ یِنہٕ
برونٛہہ تہٕ چھِ یِمہٕ دراوڑ آسۍ متۍ۔ تہٕ تِمن چھِ اکھ جان تہذیب
اوسمُت۔ تِم آسۍ بییَن مُلکن ہندین لوکن سیٚتۍ تجارت کران۔ تِم آسۍ
پینہٕ واریاہ چیز عراق تہٕ مصر سوزان۔ خصوصن آسۍ تِم توٗمُل تہٕ
مصالہٕ مثلن مرژ، ساگوان کُلۍ تعمیری اکر سمندرٕ رٕکینہ سوزان۔
وۄنہٕ چھُ یوان زِ عراقس منز اُر شہرکۍ پرٲنۍ محل آسۍ ساگوان
کُلۍ چھِ اکثر ہندی بناونہٕ آمٕتۍ۔ یِہ سہٕ جنوبی ہندوستانہٕ پیٹھٕ آسۍ
سوزنہٕ یوان۔ یِتہٕ چھُ یوان وۄنہٕ زِ سون، سوٚنہٕ ختہٕ، دانٛت، مور تہٕ

واندر اُسی ہندوستان پیٹھ مغربی مُلکن سوز نہٕ یوان۔ توٕ رٕ چھُ اَمہ
بوزُن تکان زِ ہندوستانس تہٕ باقی مُلکن چھہ تیمن پرٛانین دوہن
بوٚڈ تجارت اوسمُت۔ تجارت ہیکہٕ تیٚلی یکیتھ ییٚلہ لوکھ مہذب
آسن۔

دوشوٕنی مُلکن چین تہٕ ہندوستانس منز چھہ تیٚلہ لوکچہٕ ریاستہٕ
یا سلطنتہٕ آسمژٕ۔ یمو منز چھینہ کانٛہہ اَکہ سے حکومتس تحت اوسمت۔
ہر کُنہ لوکٹس شہرس منز کینٛہہ گام تہٕ زمین ہیتھ چھہ بیٚون حکومت
اُسمژٕ۔ یمن چھہ شہری ریاستہٕ (city states) ونان۔ تیمن
پرانین دوہن منز نہٕ چھےٚ واریاہ جمہوری ریاستہٕ آسمژٕ۔ یمن منز
نہٕ بادشاہ اُسو آسان۔ اکہ طرزٕچ ژارمژ پنچایت اُس ریاستچ
حکومت چلاوان۔ بہرحال یمن منز آسہ کینٛہہ لوکچہٕ سلطنتہٕ۔ یُتھ دوٚے
یمن شہری ریاستن منز بیٚون بیٚون حکومژٕ آسہٕ، تیمہٕ آسہٕ
کُنہٕ کُنہٕ اکھ اکس اَتھہٕ روٚٹ نہٕ کران۔ کُنہ کُنہ اُس اکھ بٔڈ ریاست
لوکچن ریاستن ہنٛز اکہ طریقہ لیڈر بنان۔

چینس منز دزٕ چلدے یمو لوکچو ریاستو اکہ بجہ ریاستہ زٕ جاے
تہٕ بنے یہ اکھ بٔڈ سلطنت۔ یہ سلطنت چھےٚ تیمن دوہن اُسمژ ییٚلہ
چینک دیوار چھہ تعمیر کرنہٕ آمٕژ۔ ژٕ ئے چھُتھ اَکھ بٔڈس دیوارس
مُتعلق بوٚزمُت۔ یہ کیٚتھہٕ عالیشان چیز چھُ۔ یہ دیوار چھہ شمالس منز

سمندرٕ پیٹھٕ بڈٕ ہن بٹھہٕ ہن بالَن تام بَناونہٕ آمٕژ۔ یُتھ زَن باقے
منگول قبیلہٕ چیٖنَس منٛز ہیکہٕ ہَن نہٕ اَژِتھ۔ یہ دیوار چھُ ژوداہ شتھ
میل زیوٗٹھ تہٕ وُہہ پیٹھٕ ترٕہَن فُٹَن تام تھوٗد تہٕ کھَنجَر چھُس پٔنٛژہ
فٹ۔ منٛز منٛز چھِس قلعہٕ تہٕ ٹاوَر بَناونہٕ آمٕتۍ۔ اگر یُتھ دیوار ہندُستانَس
منٛز بناونہٕ یِیِہے شہ آسِہے شُمالَس منٛز لوہَرٕ پیٹھٕ جنوبَس منٛز
مدراس تام زیوٗٹھ۔ یہ دیوار چھُ وُنِہ تہٕ موجوٗد۔ اگر ژٕ چیٖن گژھکھ ژٕ
ہیکہٕ ہَن یہ وُچِھتھ۔

# ٢٢۔ سمندری سفر تہٕ تجارت

فونیشاہکیو لۆکھ چھِ پرٛانہِ وَقتہٕ بیاکھ دلچسپ قوم اوسمٕت۔
تِمن چھِ تِمی ذاژہِنٛدی ٲسی ہِتی، یِمہٕ ذاژہِنٛدی عرب تہٕ یہودی چھِ۔
تِم ٲسی ایشیاے کوچک کِس مغربی بٔٹھِس پیٹھ یَتھ ژٕرکی وَنان
چھِ، خاص پأٹھۍ روزان ٲسی ہِتی۔ تِہندی کٕنٛڈی قصبہ چھِ اکر Acre
تایر Tyre تہٕ سِڈان۔ یِم ٲسی بحیرِ رومہ کِس بٔٹھِس پیٹھے۔ تِم چھِ
تجارتہٕ سَببہٕ زیٛٹھین سمندری سَفرَن منٛز مشہوٗر ٲسی ہِتی۔ تِم چھِ
سارۍ سےٚ بحیرِ رومس پھیرِ کرِتی تہٕ سمنٛدرو تہٕ ویلا یَتھ نام واتی ہِتی۔
اکھتُے ما آسہَن تِم ہِندُستان تہٕ واتی ہِتی۔

وونی چھِ ٲسی بڈِین چیٖزن ہِنٛدی زٕ دلچسپ آغاز وُچھان۔
سمندری سَفر تہٕ تجارت۔ یِمو منٛز چھِ اکھ بیٚیِس مدد کوٚرمٕت۔ یُوٚدوے
تِمن دوہَن چھِنہٕ سٹیمر (بہِسیتی پکن والی سمندری جہاز) تہٕ
سمندری جہازٕ ٲسی ہِتی، بہنہٕ کٕشتیٖ اَنژٕ وچھان چھکھ۔ یِمو آسہے
کھٔنو ہِتِس کٔلۍ گعہ نٛڈس سادٕ پأٹھۍ گوٚڈنیچ ناوِ بناوِ ہژ۔ یِمن

ناوَن منز سیٚنتھ اُسی ہیمہ تِمی استعمال یِوان کرنہٕ۔ کُنہ کُنہ آسہ ہوا رٹنہٕ خاطر
واوٕ مالہٕ تہٕ ورتاوِنہٕ یِوان۔ سمندری سفر آسہ مِن تِمن دوہن
بڈٕ دلچسپ تہٕ دلفریب آسان۔ ذکر اگر لوکچہ ناوِ ہُند تصوّر بیحد بیحد
بحرِ عرب منز واوٕ مالہٕ تہٕ ہیمہ تُلی سیمتھ تران اُسی۔ اَتھ منز آمیو ہے اوڑی کیو
حرکتہ کرنہٕ سیٚتھا کم جاسے آسان تہٕ موموکلی ہوا رنگ آسہ ہے اَتھ
گوڑٕ گوڑٕ کرناوان تہٕ اکثر آسہ ہے یہٕ پھٹان۔ کھُلہٕ سمندرس منز ناوِ منز
سفر کرنُک جُرأت آسہ مِن بہادُر لوکھے یوت ہیکان کرِتھ۔ یِتھ سفر
اوس خطرو سیٚتی بٔرتھ آسان۔ کُنہ کُنہ آسہ ہیکھ نہٕ رِتہٕ واتن خوشکی
ہُند پیپے لگان۔ اگر خوراک موٕ کلان آسہ ہیکھ سمندرس منز بانگ نہٕ تو تام
آسہ ہیکھ نہٕ بیٹھان لوٚتام نہٕ کاڈٕ رٕتہٕ مِن یا جانوار اَچھ لگہٕ ہیکھ سمندر
اوس آسان پُرمُہم تہٕ رومانہٕ لوارث۔ ہاتُرن تہٕ سمندرکین عجیب وا قاتن
ہینز چھے پرانہٕ زمانہٕ چھِ وادیاہ دلچسپ موجود۔

مگر خطرو باوجود اُسی لوکھ سمندرس منز سفر کران۔ کیٚنہہ
آسہ مِن مُہم باز آسہ کینہ تہٕ سفر کران۔ مگر زیادٕ تر آسہ مِن سون
تہٕ روپیہ ہیند ہاوسے سفر کرانٕ۔ تکیازِ تِم اُسی تجارت کرِتھ نیران،
چیز ہیوان تہٕ کنان، ییتھ کنتی آسکھ روپیہ زبان۔

تجارت کیاہ چھِ تہٕ یہٕ کینہ کنی گو شروع ؟ از چھکھ ژٕ بڈی
بڈی دُکان وُچھان یِہ گوناہ سہل چھِ تِمن منز اَڈُن تہٕ تہٕ مُلی ہیٚوان

یہ ضرورت آسہ ۔ مگر زاہ چھکھا تہٕ یہ سوچان زِ یم چیز ژٕ مُلی ہیوان
چھکھ تیم کتہِ چھہ یوان ۔ اگر ژٕ الہ آبادس منز دُکانہِ پیٹھ اکھ پیرٕ وشال
مُلی ہیکھ، ممکن چھہ یہ آسہ کشیرِ پیٹھ آمُت تہٕ اَمیک پیرٕ آسہ
کشیرِ ہندین یا لداخ کین پہاڑی تیرین ہوٚتھمُت ۔ اکھ ڈنڈٕ منجن
یُس ژٕ مُلی ہیکھ سُہ آسہ جہازٕ کہ ذٔریعہ یا تہٕ ریل گاڑِ ہندِ ذٔریعہ
امریکہ پیٹھٕ آمُت ۔ یتھے کٔنہ چھکھ ژٕ چینکو، جاپانکو، پیرسکو یا
لنڈنکو بنے ہنو چیز مُلی ہیوان ۔

ژٕ کر تمہ نٔیبرٕ ہہ کپڑٕ ٹکرک خیال یُس بیینہٕ بازرس منز
کنینہ چھہ یوان ۔ کپس وۄہ پہ یہ ہندُستانس منز تہٕ آیہ انگلینڈ
سوزنہٕ ۔ اُتی بڈی کارخانن کوٗ یہ صاف تہٕ تار بناوتھ وۄنن کپڑٕ
پننہٕ آو یُوہے کپڑ واپس ہندُستانس تہٕ بازرٕ آو کنینہٕ ۔ کنینہ بڑو تہہ کنینیاہ
ساس میل لگو اَتھ پیٹھ بڑو تہہ پکنس ۔ یہ چھے کینژھا بے وقوفی
ہش باسان زِ کپس چھے ہندُستانس منز وۄہدان ۔ اَتھ چھہ کپڑ
بننہٕ خاطرٕ انگلینڈ ہیوان گژھُن پننہٕ چھُس ہیوان واپس یِن ۔
باسان چھہ زِ روہ یہ، وقت تہٕ طاقت چھہ ناحقہٕ ضایہ گژھان
یہ گژھ ہے سیٹھا جان تہٕ سٕروٗگ اگر اَتھ کپسہ ہندُستانس منزٕ ے
کپڑ بننہٕ ہے ۔ ژٕ چھے خبر زِ اَسہ چھینہٕ نٔیبرٕ تم کپڑ لاگان یا مُلی
ہیوان ۔ اَسہ چھہ کھدٕر لاگان تکیازِ یہ چھے سیٹھا دانائی زِ یُوتاہ

ممکن سپد نہ ہر چیز ہُمہ مُلکہ ییم پننس مُلکس منز بنِتھ آسن اُسہ چھِ اوس سببہ تہٕ کھدر مُلکہ ہیوان۔ یِتھہ کٕنۍ چھِ اُسہ عرب بن مدد کران۔ ییم اکھ کتان تہٕ ووان چھِ۔

لہٰذا اوچھ تھ ژٕ سے زٕ تجارت چھُ وسعت بڈ بڈ پچیہ چیز بڈ بڈ جہاز چھ ہمیشہ اکہ مُلکہ چیز بیس مُلکس کٕن پکناوان آسان مگر یہ اوس نہٕ ہمیشہ سپدان۔

بلکل گوڈنچہ ییلہ انسان مٕتہ لبٕن اُسہ ہیوان بیٚیتہ اوس موٚموٚلی تجارت سپدان۔ ہر کانٛہہ چیز یُس انسانس بکار آسہ ہے تمِس اوس پانٕے انُن یا بناوُن پیوان۔ تیٚیلہ اوس نہٕ تمِس زیادہ کینہہ بکار آسان۔ میٚے چھِ ژٕ ے بڑو تھٕ دوٚ ہمٕت زٕ قبیلن منز سپد ییہ تیٚیلہ کٲر باگے۔ لُکھ اُسہ مختلف قسمہ چہ کامہ کران تہٕ مختلف چیز بناوان۔ کٕنہ کٕنہ آسہ ہے یِتہ سپدان زِ اکِس قبیلس آسہ ہن اکی قسمکہ سیٹھاہ چیز آسان تہٕ بیٚیس قبیلس بیٚیہ قسمکہ۔ تمہند خاطرٕ اُسہ قدرتی کٕنہٕ تمِ آسہ ہن پانہٕ وانی چیز بدلاوان۔ مثلن اکھ قبیلہ آسہ ہے دان بعہ ہر بدل گاو دوان تمن دوہن آسہ ہن تہٕ رو پیہ آسان صرف اُسہ چیز چیزن بدل بدلاوُنہٕ پیوان۔ یِتھہ کٕنۍ گو "تبادلہ" شروع۔ اتھ منز آسہ ہے نہٕ آسانی روزان۔ دان بُہرکہ لٕے تُھتے کانٛہہ چیز حاصل کرنہٕ خاطر

آسہِ ہے کانٛسہِ گاو پیوان دِنۍ یا تیٚمِس زٕ ژوٗر۔ مگر توتہٕ کرِ تجارتٕچ
ترقی۔

یِیٚلہِ سوٗن تہٕ روٗپہٕ دٔریاف سپُد لُکَو ہیوٚت یِہ
تجارتس منٛز استیمال کرُن۔ یِہ اوس یٚکہ ناوُن سہل۔ یِتہٕ گوٚ وارہٕ
وارٕ چیٖزن بَدل سوٗن تہٕ روٗپہٕ ادا کرنُک رِواج۔ یٖمہِ انسانن
یِہ طریقہٕ سوٗچھمُت آسہِ، سُہ آسہِ ہے بڑٕ چالاک۔ اَمہِ سوٗنہٕ کچہٕ تہٕ روٗپہٕ کچو
دیوہارن ہنٛزٕ تجارت بڑٕ آسان۔ مگر نیٚلہِ آسہِ نہٕ سِکہٕ آسان۔ یِمن کُنٛو
اَتھ آسہِ چھہِ۔ سوٗن آسہِ ہے برابر تولِتھ کانٛسہِ دِنہٕ پیوان۔ اَمہِ پَتہٕ
واراہ کالہِ آیہِ سِکہٕ۔ یِمَو ہنٛزٕ تجارتہٕ تہٕ تیاٗلہِ زیادٕ سہل تُلُن
اوس تہٕ پَتہٕ ضروری آسان۔ تکیازِ ہر کانٛسہِ آسہِ سِکہٕ کہِ قیمتُک پتاہ۔
وۄنہِ چھہِ دیار ہر جایہِ استیمال یِوان کرنہٕ۔ مگر اَسہِ پَزِ یاد تھاوُن
زِ روٗپیہِ چھہِ نہٕ بذاتِ خود رٕٹ چیز۔ یِمہِ چھےٚ اَسہِ صرف مدد کران
ژھےٚ آسی میٚڈ اَس بادشاہ ہنٛزٕ دلیل یاد ہے تہٕ یمِس سوٗن
وافر اوس مگر کھیٚنہٕ کینژھا نہٕ کیہہ اوس۔ اَوے چھےٚ روٗپیہ اَگہ
بےکار چیز اگر نہٕ اَسہِ یِمہِ ضروٗرتہٕ چیزن ہنٛدِس منٛز
استیمال کرو کہ۔

اَز تہٕ وُچھکھ ژٕ کُنہِ کُنہِ گامس منٛز لُکھ چھِ بِلکُل چیزن
بَدل چیز بدلاوان تہٕ تِہنٛد چھِنہٕ روٗپیہ ادا کران۔ مگر عام پاٹھو

چھےٚ روپےٚ استیمال یوان کرنہٕ۔ نکیاز یہ چھُ زیادٕ آسان طریقہ کیتھہ بے قبل لوٗکھ چھِ سوٗنچان زِ روپےٚ چھےٚ پانہٕ جان چھیو۔ تِم چھِ اَتھ خرچنہٕ بدل سوٚمبراوان تہٕ جمع کران۔ اَمہ تِلہ چھُ نُنان زِ تِمن چھنہٕ پتاہ زِ روپےٚ کِتھہٕ پاٹھۍ آیہ ونناوس منز تہٕ یہ کیٛاہ چھےٚ ژٕ کرِ۔

# ۲۳- زبان لِکھاے تہٕ گرٛنٛد

اَسہِ چھُ برٛونٛٹھٕ مختلف زبانٕن پیٹھ غور کوٚرمُت، بٮ۪تہٕ چھُ وُچھمُت زِ تِمن کیٚتھہٕ کنۍ چھُ اَکھ اَکِس سیٚتؠ واٹھ۔ قٕلچال سوٗچِو اَسۍ زِ زبانۍ کیٚتھہٕ پاٹھۍ آسن وجوٗدس آمٕژٕ۔ اَسۍ چھِ حیوانَن منٛز وُچھان زِ تِم چھِ کیٚنٛہہ آوازٕ کڈان۔ واندرَن مُتعلق چھُ وَننہٕ یِوان زِ تِمن چھےٚ کیٚنٛہہ آواز یا الفاظ سَہل ییٚزرَن ہیٚنٛدِ خاطرٕ آسان۔ ژٕھیکھ بیٚتہٕ وُچھِتھ زِ کیٚنٛہہ حیوان چھِ خاص آوازٕ کڈان۔ ییٚلہِ تِم کھوژان چھِ تِم چھِ باقیَن خطرٕچ زیٚنہٕ وَن دِوان۔

شاید چھےٚ زبان اَمی طریقہٕ اِنسانَن منٛز شروع گٲمٕژ۔ گوڈٕ گوڈٕ آسہِہن بڈٕ سَہل کتھہٕ آسمٕژ۔ خوفٕچ کتھہٕ تہٕ زیٚنہٕ وَن دِنچ کتھہٕ۔ یَینہٕ آسَن کامہٕ ہیٚنٛزٕ کتھہٕ بنیمٕژٕ۔ ییٚلہِ انسانَن ہیٚنٛدِ جماژ بیکھا کام چھےٚ کران تِمہِ چھِ عموٗمن یکہِ وَٹہٕ شو تُلان۔ ژٕٹۍ چھُتا وُچھمُت زِ لُکھ چھِ کُنہِ چیٖزس پیٹھ ہلہٕ کران، یعنے بوڈ کانٛہہ بور ییکھا تُلان۔ یہِ چھُ باسان زِ ییکھا کتھہٕ دِنہٕ سیٚتؠ چھُ تِمن مدد ہیوٚ

میلان - ہیمہ کامہ ہشیز کرہ یکہ آشن انسانہ سینڈی گھوڈیکو لفظ اُسی مہتو -
پیتہ آسن واردہ باقی لفظ آمہتو - سہل لفظ مثلن
آب، نارہ، گرہ بیبیہ ہاپت - شاید آسہ ہین ناوتی یوت اُسو ہیٹو کراوتی
نہ کینہہ - اگر اُکس انسانس آسہ ہے ڈنن نہ تمہ وچھ ہاپت - سہ
ونہ ہے حرف اُکے لفظ "ہاپت" نہ شنڈو سینڈ کر پاٹھو کرہ ہے اشارہ
———— نتیلہ آسہ ہے مشکلی سان زیاد کہنہ باتھ سیدھ
ہیکان -

زبانی کرہ ترقی - لو کیہڑ جملہ بنے یہ، پتہ بنے یہ ذرا بڈی جملہ -
شاید چھینہ گنی ویز مختلف لوکن اکے زبان اُسیمز - مگر کنہ کنہ پچھنہ
ہیپچمز زیادہ مختلف زبانی بنینہ - بیجنہ کنو سئے برو نیھڑو چھے دونمت
زئے زنتیلہ چھے آسمز صرف کیشہہ زبانی - مگر تمو منتر کوڑ بہ شیھتا اکہ
زبانی اگھ یوڈ خاندان بادی - ابتدائی تہنہ ہین ہیند تمہ ڈھانہ برو نیھڑے
چھے زبانہ نو واریاہ ترقی کرہ مز - ہیمن متعلق اُسی ونی کین کتھہ چھ کران
تمہ وقتہ چھ واریاہ باتھ اُسی مہتو - واریاہ شاعر (ہیمن اُنز کرلدی شاہ
ونور) نہ کیون دالی ہیم تم باتھ اُسی گیوان - تمن دوہ ہین چھنہ ذرا لکھاؤ
یا کتابہ آسمز - اوے اوس لوکن واریاہ کینہہ یاد بیچان تھاونی - باتھ
نہ قافیہ بندی یاد تھاونی چھے زیادہ سہل آسان - اوے چھ اُسی
وچھان ز قافیہ بندی نہ لگہ شاعری چھے تمن سارنے ملکن منز

بڈٕ مقبول اُسمِژ یِمَن منز گوڈنِکۍ تہذیب اُسو ہیتھ چھِ۔

نچیوَن والین تہٕ لڑٲیی شاہَن چھُ خاص کر موٗدی ہتین ہیرٕ وہَن
ہِندی تأریخی بأتھ گیوَنک شوق اوسمُت۔ تِمَن دوہَن ہِندی لوٗکھ
چھِ جنگ کرنِکۍ بڈٕ شوقین اُسی ہیتی۔ تِہِندی بأتھ چھِ مأدانِ جنگ چہ
بہادری بیچھے زیادٕ اُسو ہیتھ۔ اُسی چھِ ہِندوٗستانس تہٕ باقے مُلکَن منز
ییتھے کُنہٕ وُچھان۔

لِکھایہ نٔز چھُ اَکھ دلچسپ آغاز سپدمُت۔ میٚژ چھُ ژنٔے
چھین چھِ لِکھایہ کُن اِشارٕ دِیتمُت۔ سأری لِکھائے چھے شکلو پیٹھے
شروع گمژٕ۔ اَکس اِنسانس ییٚمِس موٗرس مُتعلق آسہٕ ہے کینہہ وَنُن سُہ
آسہٕ ہے موٗرٕ سِنز شکل بناونچ کوشش کران۔ یِتھٕ کُنہٕ ہیکہٕ ہے
یہِ کانٛہہ زیادٕ لیکھِتھ۔ وارٕ وارٕ آسہٕ ہَن شکلہٕ زیادٕ زیادٕ سہل بنیمژٕ
واراہ کالہٕ پَتہٕ آسُن اَچھر سوٗچِتھ آمتۍ یِمو ترقی کٔر۔ اَمہِ بٔنہٕ لِکھائے
سہل تہٕ ترقی گٔیہ ہُران۔

گِنَنی تہٕ گرَنٛد آسہٕ ہے بڈٕ دٲری یاف پیٛٹھٕ ہرژ۔ گرٛنٛد وَرائے
رِیتھ کُنہٕ چلِہ ہے کاربار۔ اَمیک اَنداز کرُن چھُ سیٹھاہ مُشکل۔ ییٚمۍ
شخصَن یہِ گرَنٛد آسہٕ ایجاد کٔرمژٕ سُہ اوٚن نہٕ زیادٕ چالاک تہٕ دانا آسہٕ
اوسمُت۔ گوڈٕ گوڈٕ چھے یورپس منز بڈٕ ولیٖہٕ گرَنٛد اُسمژٕ۔ ژٕمے
چھِیا پَتاہ زِ روٗمن گنتی کیاہ چھے؟ یِتھٕ کُنہٕ I II III IV V

X IX VIII VII VI ۔ یہ گٔرنٛد چھےٚ وُلٹہٕ تہٕ لیکھنہٕ تہٕ چھےٚ مُشکل۔
گٔرنٛد یوسہٕ اَسہِ اَز تام زبانَن منٛز لیکھان چھِہ سو چھےٚ زیادٕ بہتر۔ میون
مُراد چھُ تہٕ 1 2 3 4 5 6 7 8 9 ۱۰ اَتھ چھِہ عربی گٔرنٛد وَنان۔
تِکیازِ یورپ کیو لُکو چھےٚ یہ گٔرنٛد عربو نِشہِ ہیچھمٕژ۔ مگر عربو کیو چھِہ تہٕ
گٔرنٛد پانہٕ ہِندوستانہٕ نِشہِ ہیچھمٕژ۔ لیٖہٰذا اَچھِ اَتھ ہِندوستٲنی گٔرنٛد (ہِندسے) وَنُن زیادٕ ٹھیکھ
مگر یہٕ چھُس زیادٕ تیز بیکان۔ وُنہِ وَاتی نہٕ اَسہِ عربس نِشہ۔

•

# ۲۴۔ لۄکن ہٕندۍ مختلف طبقہ

اکثر چھِ لڑکَن، کورِن تہٕ بڈٕین تہٕ توارِیخ اکہٕ عجیب طریقہٕ
پرناونہٕ یِوان۔ تِم چھِ بادشاہَن تہٕ باقیَن ہُنٛدی ناو ہیٚچھان بیٚیہ لڑائین
ہُنٛدی تأریخ بیتر۔ مگر یِہی چھِنہٕ توارِیخ محض لڑائین، کیٚنٛژن شخصن
یِم بادشاہ بنیہ یہ تہٕ جٔر نیسلن ہُنٛزے دلیل۔ توارِیخ گژھِ اکہٕ ملکٕکین
لۄکن مُتعلق وَنٕنۍ زِ تِم کِتھہٕ پأٹھۍ أسۍ روزان، تِم کیاہ أسۍ کران تہٕ تِم
کیاہ أسۍ سوچان۔ یہ گژھِ اَسہٕ تِہندین غمَن تہٕ خوشیَن مُتعلق وَنُن۔
بیٚیہ تِہندین مُشکلن مُتعلق تہٕ زِ تِمو کِتھہٕ کٕنٛۍ کٔرۍ یِم حل۔ اگر أسۍ اَمہٕ
طریقہٕ توارِیخ پرٛوٚ أسۍ ہیٚچھو اَمہٕ تِلہٕ وارِیاہ کینٛہہ۔ اگر اَسہٕ تِمی
طریقہٕ کٕنۍ مُشکلُک یا مُصیبتُک مُقابلہ آسہٕ کرُن۔ توارِیخ پۄرنہٕ سٟتۍ
لگہٕ اَسہٕ نجات ژھارنس منٛز مدد۔ خاص کر یِہ پرانہٕ وقتُک مطالعہٕ
اَسہٕ یِہ کٕنۍ وُچھنس منٛز مدد زِ لۄکھ چھا جان ینان گأمتۍ کِنہٕ خراب۔
تہٕ ترقی چھا سپدٕمٕژ کِنہٕ نہٕ۔

بہرحال انسانس پٮ۪ٹھ پرانین بڈٕین مو ہُنٛدین تہٕ زنانن ہُنٛز

زندگی نِشہِ کینژھا ہیچھنہٕ کوٗشش کرٕنی۔ مگر اَسہِ پزِ یہِ ہیچھنہٕ
تہٕ کوٗشش کرٕنی زِ پرانہِ زمانہٕ کیاہ چھِ مختلف قسمہٕ کین لوکن
ہنزٕ حالتھ اٲسمژٕ۔

مےٚ چھےٚ زٕ بٔلے وارہٕ پیٚتھ لیچھ مژٕ، یہِ چھےٚ اَمہِ سِلسِلس
ترٛووٕ ہاکم چیٚتھ، مگر ونُستام کوٗر اَسہِ سیٹھاہ پرٛانِس وقتس
پیٚٹھ بحث یمہٕ متعلق اَسہِ زیادٕ واقفیت اٲس نہٕ۔ اَتھ ہیکَو اَسی
مُشکلی سان توارِخ وٕنِتھ ———— اگر اَسی یِژھ وٕ اَتھ
ہیکَو اَسی توارِخک کوٚڈ وٕنِتھ یا ہیکوس توارِخک گاش وٕنِتھ۔
ووٕنی کرو اَسی جلدے بُروٗنٕہمین زمانن پیٚٹھ کنٛہہ باتھ۔ یمن
متعلق اَسہِ زیادٕ خبر آسٕ چھےٚ تہٕ یمن توارِخکہِ دور ہیکَو وٕنِتھ مگر
پرانی تہذیب پیٚٹھ کُن تراونہٕ بروٗنٛہہ کرو اَسی بیاکھ نظراہ یمن
پیٚٹھ۔ بٔنیہ وُچھو یمن وقتن منز کٲتیاہ یہ قسمکی مختلف لوکھ چھِہ
روزان اٲسی مِتی۔

اَسہِ چھُ یہ بروٗنٛہہ وُچھمُت زِ پرانین قبیلن منز کیٚنہہ کنٛہہ
کرِ لوکو مختلف قسمہٕ چہ کامہ شروع۔ یمن چھےٚ کامہ باگے اٲسہِ ہیٚژٕ۔
ییٚتہِ چھُ اَسہِ وُچھمُت زِ قبیلکی لیڈرن یعنے سردارن کیٚنہہ کُنہہ کورٕ نیٚنٛہہ
گرِ باقیین نِشہِ علاحدٕ۔ شہ اوس صرف کامہ ہُندِ انتظام
حصہ کران۔ شہ بنیو تھدِ قسمک انسان۔ اَسی ہیکَو یمہٕ کنٛہہ

وۄنِتھ زِ تِمہٕ شُند خاندان بنیوٚ باقیو نِشہِ بیوٚن طبقہٕ۔ لہٰذا وُچھو
اَسہِ لوٗکن ہُنٛد کوٚنٛ زِ طبقہٕ، اَکھ انتظام کرن وول تہٕ حُکم چلاوَن
وول، بیا کھ ییٚزی پاٹھی کأم کرن وول۔ انتظام کرن وألِس
طبقس اوس زیادٕ طاقت آسان تہٕ شہ اوس زیادٕ کھوتہٕ زیادٕ
چیز حأصِل کرنس منٛز یہِ طاقت استعمال کران۔ تِم بنیہ یہِ زیادٕ اپیر
تِکیازِ کأم کرن والین لوٗکن نِشہِ کرِتھ تِموٚ زیادٕ زیادٕ چیز حأصِل۔

پیٚتھ پأٹھو بییلہ کارٕ باگے بڑوٚ تھِتھ گےٚ پکان تہٕ وادیاہ طبقہ
گےٚ پأدٕ۔ اَکھ اوس پادشاہ آسان تِس شُند خاندان تہٕ دربأری۔ تِم اُسی
مُلکُک انتظام کران تہٕ اَمہِ خأطرٕ لڑان۔ عموٗمن اُسو نہٕ تِم بییہ
کانٛہہ کأم کران۔

پیٚتہٕ گیٛا یہِ منٛدرن ہنٛدی پوٗزأری تہٕ تِم سأری لوٗکھ یِمن منٛدرن
سیٚتہٕ تعلُق اوس آسان۔ تِم اُسی تِمن دوہن بڑٕ اہم لوٗکھ آسان۔
اُسی کرٛوتہٕ ہرٛیز کامہٕ پیٹھ بییہ اَکہ لیکھہٕ غور۔

ترٛیِم طبقہ گبھو سوداگرن ہُنٛد یِم اُسو تجارت کران تہٕ
اَکہِ قِسمکھ چیز بییس مُلکس منٛز واتناوان۔ یِم اُسی ہیوان تہٕ کِنان
تہٕ دوکان تھران اوان۔

ژوٗرِم طبقہ اوس کأریگرن ہُنٛد تِم اُسو تِم لوٗکھ یِم ہر قِسمکہ
چیز بناوان اُسی۔ یِم کتان تہٕ وونان اُسی، یِم اُسو ترٛلیہ ہیٚنٛدی

سو نِکہِ تہٕ دٲنِتوٚ بانہٕ تہٕ باقے چیز بناوان۔ عموٗمن اَسہ پیٚتھ لوٗکھ شہرَن منٛز یا شہرَن نزدیٖکھ روزان۔ مگر گامَن منٛز تہٕ اَسہ واراہ آسان۔

پیٛنٛتِم طبقہ اوس گریستین تہٕ مزوٗرن ہُنٛد یمِ کھیٚتَن تہٕ شہرَن منٛز کام اَسہ کران۔ یہِ اوس بےشک سارِوٕے کھوتہٕ بوٚڈ طبقہٕ باقے تمام طبقہٕ اَسہ یمَن نِشہِ کینٛژھا حاصِل کرنٕچ کوٗشِش کران۔

# ۲۵- بادشاہ، مزدوٗر تہٕ بٔپارٕی

ٲسۍ وُچھ بێنہٕ بێنہٕ مہِ چھِ منٛز پانژھ بێون بێون طبقہٕ پادٕ
گژھان۔ سارِوۍ کھوتہٕ بوٚڈ طبقہٕ اوس گریستین تہٕ مزوٗرن
ہُنٛد۔ گریستۍ ٲسۍ زمین ہلان تہٕ خوراک ووٚپداوان۔ اگر نہٕ یمو
کینٛہہ آسہِ ہے زمین داری کرنہٕ آمژ تہٕ کانٛہہ آسہِ ہے زمینہٕ پیٹھ
کام کران بێیہٕ آسہِ ہے نہٕ کھێن چێن بنان، تیٚلہِ آسہِ ہے سیٹھا کم
خوراک آسان۔ توٚوے ٲسۍ گریستۍ بڈٕ اہم، تیمو ورٲے آسہِ ہے
ہر کانٛہہ بوچھہِ سیتۍ موٗدمٕت۔ مزوٗر تہٕ ٲسۍ فائدٕ واجبہٕ کامہِ کھٕہن
تہٕ قصبن منٛز کران۔ یوٚدوے یم لوٗکھ سیٹھا اہم کامہِ ٲسۍ کران
تہٕ یم ٲسۍ پرٕیتھ کانٛسہِ ہٕنٛدِ خاطرٕ ضروٗری، مگر امہِ محنتہٕ منٛز اوس
تیمن سیٹھا کم حصہ بٕڑان۔ یِہ کینژھا تم پادٕ ٲسۍ کران تمیک
زیادٕ حصہٕ ٲسۍ باقی کھیوان۔ خاص کر بادشاہ بێیہٕ تمہِ سٕنٛدِ طبقُک
لوٗکھ تہٕ درباری۔

ٲسۍ وُچھو بادشاہس تہٕ تمہِ سٕنٛدِس طبقس اوس سیٹھا

طاقت آسان۔ گوڈنکین قبیلن ہندِس وقتس منز اُس زمین ساری قبیلچ ملکیت آسان۔ اُکی سے شخص شہر نہ کینہہ۔ مگر یتھے پادشاہ سندِس طبقس طاقت ہُرییو، تِمو ووّن ز زمین چھے تِمن پننی ملکیت تِم بنے یہ چکدار تہ گریسو ہیم پزی زمینس پیٹھ سخ محنت آسی کران۔ تِم بنے یہ اکِہ طریقہ تِہندی غولام۔ گریسو یہ کینژھا زمینہ منز پاد آسی کران تہ اوس باگر نہ پوان۔ اَمیک زیادہ حصہ اوس چکدار نِوان۔

کینژن منزن تہ اُس زمین آسان لیتھا آسی تِم تہ "چکدار" آسان۔

دونوی وچھو آسی زِیم منزِ تہ تِہندی پزاری کیتاہ آسی۔ پننہ اکس جیرِ منز چھے میٔ زیٹے وونمت زِ یمو گوڈنکیو وحشی انسانو ہیّوت بگوانس تہ مذہبس متلق سوچُن، تکیا زِ تِمن آسی نہ وار یاہ چیز فِکرِ تران تہ تِم آسی تَتھ کھوژان یِنہ فکرِ اوشکھ تران۔ تِمو بناوی ہر چیزکی دوتا تہ دیوی، دریا تہ بال، آفتاب تہ گُلی جانوار تہ تِم چیز ییم نہ تِم وُچھتھ آسی ہیکان صرف آسی تِہند تصوّر بناوان بِشلن "روح"۔ تکیا زِ تِم آسی کھوژان۔ تِم آسی ہر وز سوچان زِ تِہندی دیوتا چھِہ تِمن ہر وزِ سزا ایژھان دیِن۔ تِہندی دیوتا آسی تِمنے ہیوی سنگ دِل تہ ظالم۔ لوکھ آسی ہمیشہ تِمن

قوربانیہ دِتھ خوش کرٕنٕچ تہٕ راضی تھاوٕنٕچ کوشش کران۔

مندر بنے یہ پیٚمٕتۍ دیوتاہَن ہِنٛدِ خاطرٕ۔ مندرَن منٛز اوس اکھ خاص کمرٕ آسان۔ یتھ "ٹھوکر کُٹھ" "پاک جاے" وَنان اٲسۍ۔ یتینہٕ دیوتا شُندِ خیالی پیٚٹھ تُل اوس آسان، یتھ تِم پوزا اٲسۍ کران۔ تِم ہیکہ ہن نہٕ کُنہ تہٕقیس چیزس پوزا کرِتھ یمتہٕ نہٕ تِم وُچھِتھ ہیکہ ہن۔ یہ چھُ کینٛژھا مُشکل تہٕہن۔ ژٕنۍ چھے خبر زِ اکھ لوکُٹ بچہ چھُ تیٚمنے چیزَن مُتعلق سوچِتھ ہیکان یِم سُہ وُچھِتھ ہیکہ۔ گوڈنِچہ لوکہ اٲسۍ کینٛژھا شرُو ہوی۔ تِم ہیکہ ہن نہٕ پیٚٹھ تلیس وَرٲی عبادت کرِتھ۔ لیٚہٰذا اٲسۍ تِم مندرن منٛز پیٚٹھ تُلۍ تھاوان۔ یہ کیٚنہہ چھے عجیب زِ یِم خیالی پیٚٹھ تُلۍ چھِہ عموماً انتہاٲیی بدصورت اٲسۍ ہیتۍ۔ یِم چھِہ اٲسۍ ہیتۍ حیوان یا کُنہ نیصف حیوان تہٕ نیصف انسان۔ مِصرس منٛز چھے تِمَو اکہ وزٕ اکس برارِ پوزا کرٕمٕژ تہٕ یوٚتام مے یاد چھُ ببّہ وزٕ اکس ہُنٛزِس تہٕ۔ لوکو کیا زِ چھے یِمَن بدصورت حیوانن ہٕنٛدین پیٚٹھ تلین پوزا کرٕمٕژ؟ یہ فِکرِ ترُن چھُ سیٹھا مُشکل۔ اگر اکس پیٚٹھ تلیس پوزا چھے کرٕنۍ تیٚلہ کیا زِ بناوَن نہٕ یہ خوبصورت۔ مگر شاید چھُ تِمَن خیال اوسمُت زِ دیوتا چھِہ کینٛژھا کھوژنکۍ چیز، لیٚہٰذا چھِہ تِمَو تِہٕنٛدۍ خوفناک پیٚٹھ تُلۍ بناوۍ متۍ۔

غالبَن چھُنہٕ تِمہٕ وَقتہٕ لوکو اکہ سے دِوتاہس یا اکہ سے

یُڈس طاقتس مُتلق سوچھمت۔ یِتھ کتھہ اَز کل وارِیاہ لوکھ چھِ
سوچان۔ تِم اُسی سوچان زِ یِتھ چھِ وارِیاہ دیوی تہٕ دِوتا۔ یِم پانہٕ وانی
کُنہٕ کُنہٕ لڑائی تہٕ چھِ کران۔ عموٗمن چھِ مختلف شہرن تہٕ مختلف مُلکن
مختلف دِوتا اُسی ہیتو۔ مندر چھِ پُزارِیو تہٕ پُزارنیو سیٹھہ بُرِتھ اُسی ہیتو۔
عموٗمن چھِ پُزاری لیکھن تہٕ پرن زانان اُسی ہیتو تہٕ یِمیہ چھِ باقین
ہیُنڈِ کھو تہٕ عالم تہٕ اُسی ہیتو۔ توٗرے ییٔنہ یہٕ تِم بادشاہ سِنٛدی مشیر
تِمن دوہن چھِ پُزاریو کِتابہٕ تہٕ لیچھمت بانقل کرمُت۔ تِکیاز
تِمن اوس کینہہ علم تہٕ آسان۔ تِم چھِ پرانہٕ وَقتک دانا لوکھ اُسی ہیتو۔
تِم چھِ حکیم تہٕ اُسی ہیتو۔ لوکن ہاونہٕ خاطرٕ تِم کینتیاہ چالاک اُسی
یا تِمن ہیچھ ہینن اَثر تراونہٕ خاطرٕ اُسی تِم لوکن کینہہ "ژھلہٕ ہاوان"
لوکھ اُسی یُتھ سادٕ تہٕ جاہل آسان تِم اُسی پُزارین جوذِگرمانان تہٕ تِمن
اُسی کھوژان۔

پُزاری اُسی ہر رنگہٕ لوکن ہنز زندگی سیٹھاہ ژلتھ آسان۔
تِم اُسی دانا لوکھ، ہر کانہہ اوس تِمن نش گژھان ییلہِ کانہہ مُصیبت
ییہ ہیس یا بیمار گژھہِ ہے۔ تِم اُسی لوکن ہِنٛدِ خاطرٕ بڈِن ماٗلن ہِنٛد
انتظام کران۔ تِمن دوہن آسہ تہٕ جشنٕ ییہ آسان، خاص کرتہٕ عام
لوکن ہِنٛدِ خاطرٕ۔ تِم اُسی عالوٗ مُطابق گژھنہٕ تھاوان۔

پُزاری اُسی عموٗمن لوکن ٹھگاوان یا غلط وَتھ ہاوان۔

مگر تِم اُسی تِمَن وارہٕ ہلو طریقہٕ مَدَد دِتہٕ کران تہٕ ترقی کرناوان۔

یہِ چھُ مُمکِن زِ کینژَن جایِن ییٚلہِ لوٗکھ قَبیلَن منٛز گوٚڈٕ
بسان آسہٕ ہَن۔ یِمَن پیٹھ حکوٗمت چلاوَن وٲلۍ آسہٕ ہَن پُرٲنۍ آسان
بادشاہ نہٕ کینٛہہ۔ پَتہٕ آسہٕ ہے بادشاہ ہِوان تہٕ پُرٲنِس گٔڈِتھ ژھٕنان
نِکیا زِ شہ اوس ہٹیکھ پاٹھو لرٲمی ہیکان کٔرِتھ۔ کینژَن جایِن
چھُ آسے زوٗن بادشاہ تہٕ اوسمت پُرٲنی تہِ۔ ییتھٕ کٔنہ مِصرس منٛز
فرعون چھُ آسی مُت۔ فرعون چھِ یقیٖنَن نِصیف خدا مانہٕ آمتی ییٚلہِ
تِم زِنٛدٕ تہٕ آسی۔ ییٚلہِ تِم مران آسی تِمَن اُس خدایہٕ سِنٛدی پاٹھی پوٗزا
ہِوان کرنہٕ۔

●

# ۲۶ - پتمس پھیر

کیاہ ژٕ چھکھ نا میانہِ چیٹھہِ سیٚتہٕ؟ بہٕ چھُس سوچان
زِ ژٕ چھکھ آرامٕچ حق دار۔ اَچھا بہٕ لیکھے نہٕ ژےٚ کانٛہہ نوٚکتہ کینژن
کالس پیٚٹھہ چھُس یژھان ژٕ گژھکھ تتہِ پیٹھہٕ سوچنہِ بہٕ کینژھا اَمیہ
وُنیشتام کوٗر۔ اَسہِ ییکو تیز لیچھہٕ وادن وٕرۍ ییٚتہِ ہیٚندِس وقتس
ییکو کینژن چیٹھین منٛز۔ اَسہِ کوٗر تمہِ وقتہٕ پیٹھہٕ شروع یِتھہِ
زمین آفتابک اَکھ ژکر اوس۔ اَسہِ وُچھ زیٚکیتھہٕ کُنی کٔسہِ جُدا تہٕ گٔیہ
وارہٕ وارہٕ سرد۔ پتہٕ گٔیہ زوٗن اَمہِ نِشہِ جُدا۔ زیٚچھن واٚتِس تام
اوس نہٕ بیٚیتہٕ زندگی۔ پتہٕ لیچھہٕ بدن وٕرۍ یِن ہیٚندِس وقتس منٛز گٔیہ
وارہٕ وارہٕ بیٚیتہٕ زندگی پاۄدہٕ (ژےٚ چھیٚیہ اندازٕ زِ لیچھہٕ وٕرۍ کوتاہ وق
گو۔) وٕرۍ بہٕ لیچھک اندازٕ کرنس قابل بنن چھُ انتہاٰیی مشکل۔
چانِ واٚتِس چھےٚ وُنہٕ دہہ وٕرۍ مگر ژٕ چھکھ ژاہ یُدٕ چھکھ گمژ۔ ژٕ چھکھ
اَکھ "جوان کوٗر" Jeune Fille N'est-ce pas?
ہیٚتھ وٕرۍ چھُ ژےٚ نِش اَکھ زیوٗٹھ وق۔ پتہٕ ساس پتہٕ لیچھہٕ

ییٚس ساسہ بٔچھر ساس چھُہ۔ مےٚ چھُ خدشہ زِ سانین لوکٕٹین کلن منٛز ووٗنی
نہٕ ہرٕ کتھہ ہٹیکھ پٲٹھۍ۔ اَسہِ چھہِ خیال کران زِ اَسہِ چھہِ سیٹھا ہیم
مگر لوکٕٹۍ لوکٕٹۍ چیز چھہِ اَسہِ حاران تہٕ پریشان بناوان۔ دُنیاہکس
زیٹھس تواریخس منٛز گیٚہ چھہِ ییم لوکٕٹۍ واقعات۔ تواریخہ کین زیٹھین
زمانن مُتعلق کینٛژھا پرُن تہٕ ہیچھُن واتناوِ اَسہِ فائدٕ۔ یکبارٕ
اَسہِ گژھو نہٕ تیٚلہِ لوکٕچو کتھو سیٹھاہ زیادٕ پریشان۔

یِکھ سا اَسہِ کرو سیٹھا زیٛٹھ وَق یاد، ییٚلہِ سمندرن
منٛز صرف حیوانے یوت اَسہِ۔ زمینہِ پیٹھ اوس نہٕ کُنہِ جایہِ اِنسان۔
حیوان اَسہِ لگیہِ بدین وَریین اور یور پھیران۔ تِمن مارن سوٗمب
اوس نہٕ کُنہِ جایہِ انسان موجوٗد۔ پَتہٕ ییٚلہِ آخرکار انسان آو تہٕ
اوس ژھوٚٹ تہٕ سیٹھا لوکُٹ تہٕ سارِوے کھوتہٕ کمزور حیوان۔
پَتہٕ بتھوٚو وارٕ وارٕ ساسہ بدین وریین منٛز چالاک تہٕ طاقتور۔
یوٗتام زمینہِ ہُند مالِک حیوان بنیوو۔ باقی ساری حیوان بنیہ
تٔمسٕندۍ نوکر چاکر۔ تِم اَسہِ تی کران یُس سُہ کرناوِہَے۔

پَتہٕ وٲتۍ اَسہِ تہذیب کِس بڑکِس زمانس پیٹھ۔ اَسہِ
وُچھہ اَمیک آغاز۔ اَسہِ گٔمژٕ وضاحت کرنچ کوشش برونٛہہ نہ پہن۔
وف ژھِچھنہ اَسہِ لگیہِ واد وَرۍ برونٛہہ کِنۍ بکنس سوٗمب
اَسہِ چھہِ بیٚنین چیٚھٹین منٛز تمہ زمانس تام واتۍ ہمتہ ییٚس صرف

ژور یا پانژٕھ ساس وُری برٛونٛہہ چھُ اوسمت۔ مگر یِمَن ژورَن
ساسَن وُری ہَنٛ مُتلِق چھےٚ اَسہِ واریاہ کیٛنٛہہ زانان۔ یِمو لَچھہِ بَدٕ یوٚ وُری
کھوتہٕ ہِم یِتھ کٔنہِ کَمٕتہِ چھےٚ۔ توارِیخ تہٕ اِنسانہٕ سٕنٛز ترقی چھےٚ یِمو
ژورو ساسو وُری یوٚ پیٚٹھٕ شروع گٔمٕژ۔ یِہَیلہِ ژٕ یِنٛدٕ گرٛٹھا کھٕ ژٕ
پَرٕ کھہِ اَتھ توارِیخس مُتلِق واریاہ کیٛنٛہہ۔ یُہ لیٚکھتھ ژٕ اَتھ مُتلِق
سیٚٹھاہ کم۔ تاکہ ژٕ یٕ گرٛٹھی اَکھ تصوٗر ہیٚکیو پادٕ کٔرِتھ اِنسانَن کیٛاہ
چھُ یِتھ لوکٕٹس دُنیاہس اَندر سپُد مُت۔

# ۲۷- پیٹھ کرنڑ تہٕ کھنڈرات

واریاہن کالس لیوٗکھ نہٕ مےٚ ژےٚ کیہہنۍ۔ پیٚتھ مہ چیٚھٹہِ منٛز کرِیاہ اَسہِ اکھ نظر تتھ پرٛائرنس وقتس کُن، ییٚتھ متعلق اَسہِ چیٚھٹین منٛز کینٛہہ باتھ کرٕ۔ مےٚ سوز اَیی ژےٚ کینٛہہ گاڈٕن ہنٛدِ پوٚٹ کرنژن ہنٛز پوسٹ کارڈ تصویرٕ یِمہ ژن ژٕ اندازٕ کرٕکھ زِ یِم پوٚٹ کرنژ کیٛتھو چھےٚ اَسی ہیٚتھ۔ یِیلہ اَسۍ مسوری منٛز سمکھےیا یہ مےٚ ہاوی ژےٚ کینٛشن ہینٛہن پوٚٹ کرنژن ہنٛز شکلہ تہٕ۔

ژےٚ آسنےٚ خاص پٲٹھۍ یِڑ وأی پکن والین جانورن (Reptiles) ہنٛدۍ پوٚٹ کرنژ یاد۔ مثالے سَرٕپھ، اجدرٕ تہٕ آبہٕ کچھو ییم از تہٕ موجود چھِ۔ پرٛانہ زمانکۍ یِڈ وأی پکن والۍ جانور چھِ اَکۍ سے خاندانس سیٚتۍ تولُق تھاوان اَسو ہیٚتھ۔ مگر تِم چھِ مختلف تہٕ بڈۍ اَسی ہیٚتھ۔ ژےٚ آسی یاد زِ کنگسٹن عجائب گرس منٛز وُچھا یہٕ اَسہِ خطرناک حیوان 'بروٹ' Brute ییمہ منٛز اوس اکھ ترٕیہہ ژنجی فٹہٕ زیوٚٹھ۔ تتہٕ اَس اَکہ قسمچ

نَنہٕ موٗنڈرِج تہٕ، یوسہٕ اِنسانہٕ سٕنٛدِ کھوتہٕ بٔڈ اوس۔ یِمتھے بوڈ ڈاوس
اَکھ گۄنٛچھو تہٕ، سیٚٹھا بٔڈ رانہٕ کرٛہٕل آسہِ وُچھان۔ تہٕ اَکھ حیوان
اِگانڈوٗن (iguanodon) ییٚلہِ تیٚلہٕ نِین کھوٚرن پیٹھ کھٔڑا
اوس گژھان، سُہ اوس تیٚوٚت بوڈ آسان یوٚت اَکھ لوکُٹ گُل
چھُہ آسان۔ زٕ یِمے چھِہ پرٛانین کٔلین منٛز بہ لوٚت کٔرِتھ وُچھمتۍ۔
شیلن منٛز آسہِ خوبصورت گُلی کھٕٹنہٕ کوٚنٛشانہٕ بیٚیہٕ آسہ
پَتہٕ وُتھرن منٛز ہٕ نِشانہٕ تہٕ۔

یڈٕ واٚلۍ بٕچن وٲلین جانورن سیٚٹھا پَتہٕ آیہٕ دودٕ دِلۍ حیوان۔
اکثر حیوان یِم آسہِ پانسہٕ اَنٛدۍ بچھو وُچھان چھِہ۔ بٔلکہٕ چھِہ آسہِ پانہٕ تہٕ
دودٕ دِلۍ حیوانہٕ۔ پرٛانہٕ وقتکۍ دودٕ دِلۍ حیوان چھِہ اَزۍ کێن اکثر
حیوانن نِش مختلف آسہِ منٛتۍ۔ اکثر چھِہ تِم زیادٕ بٔڈۍ آسہِ منٛتۍ مگر
تِہنٛز بٔڈیو نہٕ یِہنٛز یڈٕ واٚلۍ بٕچن وٲلۍ جانور آسہِ۔ یِمبہٕ آسہِ سُہ بٔڈۍ
بٔڈۍ کرٛکرِتھ آسان بٕلیہٕ سیٚٹھا بٔڈۍ ہاپت۔

زٕ یِمے چھِہ اِنسانہٕ سٕنٛد پوٚت کٔرِتھ تہٕ وُچھمٕت۔ تِم آسہِ
تہٕ زیادٕ دِلچسپ نِکیاز تِم آسہِ عموماً اُڈۍ جِہ تہٕ کھاپرٕ سیوت۔
زیادٕ دِلچسپ آسہِ زٕ قسمکۍ اوزار، یِم گوڈنکۍ اِنسان بناوان آسہِ۔
مے چھے زٕ یِمے مصرٕ کێن مقبرن تہٕ حمۍ ین ہٕنٛز کیٚشہٕ رٕژٕ
شکلہٕ تہٕ ہاوِمٕژٕ۔ زٕ یِمے آسہِ یاد تِمو منٛز آسہٕ کیٚشہٕ سیٚٹھا خوبصورت

کینژن ہیچہِ پن صوٗنڈ وقت پیٚٹھ آسہٕ زیچھن لگہِ دلیلن منٛز شکلہِ
بناوِتھ تھیٚبیٚستس منٛز ییٚم مِصرِ کیٚن مقبرن ہنٛزن دوٚیِن پیٚٹھ
شکلہِ آسہٕ، تِمہٕ آسہٕ زیادٕ دلچسپ۔ مِصرِ کیٚن تھیٚبس منٛز وُچھایہٕ
ژٕ یٔلہٕ کینژن محلن تہٕ منٛدرن ہنٛدین کھنٛڈرن ہنٛزٕ شکلہِ تہٕ۔ تِمہٕ
آسہٕ سیٚٹھا بجہٕ عمارژ، ییٚمن منٛز سیٚٹھا بٔڈۍ تھَمہٕ آسی تھیٚبس
نزدیکھ چھےٚ ییٚمن شِنٛدر بوٚڈ پوٚل۔

ہیٚرِ کِمہ مصرِ کہِ کنارک کیٚن دےٚ ہیٚتین منٛدرن تہٕ عمارژن
ہنٛدین کھنٛڈرن ہنٛزٕ شکلہِ تہٕ آسہٕ تنیتہٕ۔ یِمو کھنٛڈرو تلہٕ تہٕ ییٚکھ
ژٕ اَنٛدازٕ کٔرِتھ زِ بجہٕ ژٕ پیتہٕ معمار کیٚتیاہ طاقت ورچھِ پرانٔۍ مِصرِ کۍ
اٖسی ہیتو۔ اگر سِہٕ نٕمن انجینیری ہنٛز سیٚٹھا واقفیت آسہٕ ہےٚ
نٕمہ ہیٚکہِ ہۍن نہٕ یِتھۍ بٔڈۍ منٛدر تہٕ محل بناوِتھ۔

پٔتہِ میس دیۍت اَسہٕ ژھوٚٹ پاٹھٕ پھیٚر۔ دوٚیمہٕ چیٚنٛہ
منٛز ییٚکو اٖسی برونٛہہ کُن۔

# ۲۸- آریہ آیہ ہِندُستان

وُنیکتام کوٚر اَسہِ سیٹھا پرانین زمانن ہیٚنٛد بحث۔ وونی وُچھو اَسہِ زِ اِنسانن کیٚتھہٕ پاٹھۍ کٔر ترقی تہٕ تِمو کیاہ کوٚر یِمن ہزار ورِیہ پرانین زمانن چھہٕ وَنان "تواریخہ برٛونٛہہ زمانہٕ" تِکیازِ اَسہِ چھےٚنہٕ تِمہ وَقتُک اصلی تواریخ موجود۔ اَتھ مُتعلق چھُ اَسہِ واریاہ قیاس ہیوان کرُن۔ وۄنۍ واتۍ اَسہِ تواریخ کِس بٔجِس باسرِ حدس نام۔

گوڈٕ وۄ چھِو اَسہِ زِ ہِندُستانس منز کیاہ سپُد۔ اَسہِ چھُ یہِ برٛونٛہہ وُچھمُت زِ مِصرکہِ پاٹھۍ اوس ہیتھ کالہٕ ہِندُستانس منز تہٕ اکھ تہذیب۔ تجارت اوس سپدان تہٕ جہازٕ اَسہِ ہِندُستانک مال مصر، عراق تہٕ باقی مُلکن منز نوان۔ تِمن دۄہن یم لوکھ ہِندُستانس منز روزان اُسۍ تِمن اَسہِ دراوِڑ وَنان۔ تِم چھہٕ تِمے لوکھ یِم ہِندِ زٕہہ وۄنی ہِندُستانس منز مدراسس اَندۍ پکھۍ روزان چھہٕ۔

یِمن دراوِڑن ہیٚنٛد کوٚر شمالہٕ کنہِ آریو حملہٕ۔ منز ایشیاکِس منز آسہِ ہِن یِم آریہ سیٹھا تعداد اَس منز۔ تِتہٕ آسہِ ہیٚکہِ کافی

خوراک سارنے کیٛتہ لیٛہٕنذا پھاٖلے یہ تِم باقے مُلکن کُن۔ تِم گٔے
کاٗفی تعدادس منٛز ایران تہٕ بیٛیہ یونان، بیٛیہ برونٛٹھ مغربس کُن
تِم آیہ کھیٛچو کھیٛچو کشیٖر ہٕنٛد یو بالو پیٛٹھو ہندُستان تہٕ۔

آریہ اَسو طاقت ورٕ تہٕ لڑاکہ گرٛیٖ لوکھ ـــــ تِہنٛدٮ۪ لر اوٚس
دراوڑ ییم بُتھہ آیکھ۔ شمالہٕ مغرب کنہٕ آسیہ ہٕن آرین ہنٛز جماعتہٕ
ہندُستان آمٕژ۔ شاید آسن دراوڑو تِم گوڈٕ گوڈٕ رُکاوِ مٕتۍ۔
مگر پیٛلہٕ تِم زیادٕ زیادٕ آسن یوان گاٛمٕتۍ، تِہنٛدٮ۪ آسن نہٕ تِم رُکاوِتھ
ہیٛکہٕ مٕتۍ۔ واریاہس کالس روٗدۍ آریہ شمالس منٛزے صرف
افغانستانس تہٕ پنجابس منٛز۔ پتہٕ پیٛکو بیٛیہ ہن برونٛٹھ بیٛتھ اَسو آز یوپی
چھہ وَنان۔ تِم گٔے پھاٖلان یوٗتام تِم منٛز ہندُستانس یعنے وندیاچل
بالن تام واتۍ۔ ییمن بالن اپور ترٛن اوس سیٛٹھا مُشکل، تکیازِ اَتہٕ
اٮ۪سکھ گَنہٕ جنگل۔ لیٛہٕنذا واریاہس کالس روٗدۍ آریہ وندیا بالہٕ
کِنۍ شمالی طرفس منٛزے۔ تِہنٛدٮ۪ منٛز گٔے واریاہ ییمن بالن اپور ترٛنس
منٛز کامیاب تہٕ واتۍ جنوبس منٛز۔ مگر جماعژوار ہیٛکہٕ نہٕ تٔرِتھ۔ توٚے
روٗد جنوب زیادٕ تر دراوڑن ہُنٛدے۔

آرین ہُنٛد ہندُستان یُن چھُ پرنہٕ خاطرٕ سیٛٹھا دِلچسپ۔
سانین پرانین سنسکرت کتابن منٛز ہیٛکہٕ ژٕ واریاہ کینٛہہ تِمن مُتعلق
وُچھِتھ۔ ییمو منٛز آسن کینٛہہ کتابہٕ۔ مثالے ویدٕ تِہنٛد زمانس منٛز

لیکھنہٕ آمرٕ ۔ سارِوٕے کھوتہٕ پرٲنؠ وید چھ رِگ وید ۔ ژٕ ہیکِو اَمہ
تٕلہٕ تمہٕ ہندوستان کہ حالَتُک اَکھ تصوٗر ہیوٗ بنٲوِتھ یِمہ آرِیاہن ہوٚس
قبضہ کوٚرمُت ۔ باقی ویدو تہٕ پرانیو سنسکرت کتابو مثالے پورانَن منٛز
ہیکو اَسۍ وُچھِتھ زِ آریہ کیتھ کٕنۍ گٔیہ پھٲلان ۔ شاید چھیۓ نہٕ ژٕ ے
یِمَن پرانین کتابن مُتعلق زیادٕ خبر ۔ بیٚیلہ ژٕ بٔڈ گژھکھ ژٕ ے
گژھی زیادٕ زیادٕ خبر ۔ مگر اَزٕ تہٕ چھیۓ ژٕ ے سیٚٹھا دلیلہٕ پیٚاوِ یِم
یِمنٕے پورانَن ہنٛز چھیۓ ۔ اَمہ پتہٕ واریاہہ کالہٕ آیہٕ بٔڈ کتاب رامائن
تہٕ پتہٕ مہا بھارت ۔

یِمو کتابو تلہٕ چھ اَسۍ وُچھان زِ بیٚیلہ آریہ پنجابس تہٕ
افغانستانس منٛزے یوت روزان اَسۍ تمہ اَسۍ اَتھ حصس بُرہماورتا
وَنان ۔ افغانستانس اَسۍ تیٚیلہ گندھار وَنان ۔ ژٕ ے چھیا مہابھارتچ
گندھاری یاد ؟ تمِس اَسۍ اوٚس سببہٕ یہ وَنان زِ سُہ اَس گندھار یا
افغانستانہٕ پیٚٹھ آمژٕ ۔ افغانستان چھُ وونۍ ہندوستانہٕ نِشہٕ الگ
مُلُک ۔ مگر تمَن دوہَن اَسۍ دوشوٕے کٕنی مُلک ۔

بیٚیلہ آریہ برونٛہہ پکِو گنگا تہٕ جمنا کیٚن مادانَن کُن تمو ہتھوٚو
ساری سے شمالی ہندوستانس "آریاورتا" ناو ۔

تمو تہٕ بساوِ پرانہٕ زمانہٕ کیٚن لوٗکن ہندۍ پانٛژھی پننہ بستی دٔریاو
بٔٹھین ہندِن شہرن منٛز ۔ کاشی یا بنارس، پریاگ تہٕ واریاہ شہر چھ دٔریاو بٔٹھین پیٚٹھ بَستہٕ ۔

# ۲۹ - ہِندُستانٕکۍ آریہ کیٛتھۍ ٲسۍ

آریہ آسۍ پانٛژھ یا شےٚ ساس وٕری نَتہٕ ماز یاد ے برونٛہہ ہندوستان آمتۍ ۔ تِم چھِنہٕ یکہٕ وَٹے اَکی سے جماعژ منٛز آمتۍ ۔ بلکہٕ اَکہٕ فوجہٕ پتہٕ بیاکھ فوج اَکہٕ قبیلہٕ پتہٕ بیاکھ قبیلہٕ تہٕ اَکہٕ خاندانہٕ پتہٕ بیاکھ خاندان ۔ یِہنٛدۍ کیٛنژ آسۍ تِم ہتہٕ بدین وری ین یوان روٗدی متۍ ـــــ ژکر تتہٕ ہندین بڈین کاروانن ہیٚتھ سفر کرنک انداز ۔ گرٕ خرچ ہیٚتھ سیتۍ ، گاڈین یا حیوانن ہندین شانن پیٚٹھ لدِتھ ۔ تِم ٲسۍ نہٕ تیمتھ کیٛنژ یوان یتھ کیٛنژ اَز کل سیاح یوان چھِہ ۔ تِمن اوس نہٕ واپس آسان گژھن ۔ تِمن اوس روزنہٕ خاطرٕ بالکل تہٕ مرنہٕ خاطرٕ آسان یِن ۔ یِتھ کیٛنژ منٛے برونٛہہ ووٗنۍ تِمو منٛز آیہ اکثر شمال مغرب کیو بالو پیٚٹھ ۔ مگر غالبن آیہ کیٛنٛہہ سمندری وتہٕ کینژ تہٕ ، خلیج فارسہ منٛز تہٕ لوکٹین جہازن منٛز واتۍ دریاے سندس نام ۔

یِم آریہ کیٛتھۍ ٲسۍ ؟ یِم کتابہٕ تِمو لیچھمژ چھےٚ تِمو منٛز ہیٚکو اَسۍ تِمن متعلق واریاہ کیٛنٛہہ لیٚکھتھ ۔ ویدہٕ ہشہ تھہنٛز کتابہٕ چھےٚ

شاید دُنیاہچ ساروے کھوتہٕ پرٛانہٕ کِتابہٕ۔ غالبن چھےٚ تِمہٕ گوڑٕ
لیکھنہٕ آمٕژ۔ تِمہٕ چھےٚ زبانی یاد کرنہٕ تہٕ بییَن بوزناونہٕ آمٕژ۔ تِمہٕ چھےٚ
تھٕچھِس حسین سنسکرتس منٛز لیکھنہٕ آمٕژ زٕ ہیکہٕ ہیکھ تِم گیٖوِتھ
تہٕ۔ وُنہِ تہٕ چھےٚ ہیمہٕ بوزنُس منٛز بڑٕ شوٗگوار باسان، بیبلہٕ یِژ آوازٕ
وائِلس کاشِنہٕ سنسکرت زانہٕ وٕنِس نِشہٕ بوزنہٕ ییٚن۔ ویدٕ چھےٚ ہیٚندین
نِشہٕ بڑٕ پاک کتاب مانہٕ یوان۔ مگر اَمہٕ لفظ ویدُک معنہٕ کیا چھُ؟
اَمیُک معنہٕ چھُ 'علم'۔ ویدن منٛز چھُ سُہ علم یُس تِمہٕ زمانہٕ کِہو
عاقلو، ریٚشیو تہٕ مُنی یَو سوٗمبرو ووُمت چھُ۔ تِمن آسہٕ تہٕ تِمن دوٗہَن
'ریلہٕ' تارٕ تہٕ سٕنیما آسان مگر تِمیُک معنہٕ گوٚنہٕ زٕ تِم آسہٕ جاہِل۔ کینٛہہ
چھِ خیال کران زِ پرٛانہٕ زمانُکۍ دانا چھِ سارِوے کھوتہٕ زیادٕ دانا
آسی ہیو۔ مگر تِم چھا دانا آسی منٛز کِنہٕ نہ؟ تمو چھِ حاران کرِ ونہٕ
کتابہٕ لیچھِ مٕژ، ییمن اَز تہٕ تعریف چھِ سپدان۔ یمو سٕنٛتو اَز تہٕ چھُ
اِنسانس بڑٕ جوش یوان۔ اَمہٕ تکہٕ چھُ پانے نَنان زِ پرٛانہٕ وقتُکۍ لُکھ
کیٛتیاہ بٔھدٕ پایکۍ چھِ آسی ہیو۔

مےٚ ووٚنے ژےٚ یِہنہٕ ویدٕ چھےٚ گوڑٕ نیٚچھے لیکھنہٕ آمٕژ تہٕ
پیٚپر پیتھ پیٚپر چھےٚ بیین تام زبانی واتناونہٕ آمٕژ۔ تِمن دوٗہَن آسہ ہے
تِمن غضبک یاداشت اوسمُت۔ اَسہٕ منٛز کاتیاہ ہیکَن سارےٚ
کتابہٕ زبانی یاد تھاوِتھ۔

یِمن دوہن ویدٕ چھےٚ لیکھنہٕ آمٕتۍ تِمن چھُ ویدَن ہُند
زمانہٕ وَنان۔ گوڈنیُک وید چھےٚ رِگ وید۔ یِہ چھےٚ تِمو باُتو تہٕ لیلایو
سیٖتۍ بٔرِتھ یِم پرٛانۍ آریہ گیوان ٲسۍ۔ تِم آسہٕ ہنِ سیٹھا صاف
دِل لُکھ۔ تِم آسہٕ ہنِ نہٕ غمگین تہٕ ودٕونۍ ٲسۍ ہیتۍ۔ بلکہ خوش مزاج
تہٕ حوصلہ وٲلۍ۔ خوشین منز چھےٚ تِمو بڈٕ حسین باتھ وَنۍ ہیتۍ تہٕ تِمن
دیوتاہن برٛونٛہہ کنہِ گیوٚو ہیتۍ یِمن تِم پوزا ٲسۍ کران۔

تِمن اوس پانس تہٕ پننہِ ذاتس پیٹھ بڈٕ فخر۔ اَمہ آریہ
لفظُک معنہِ چھُ "شریف انسان" یا لُکھ پاک شخص۔ تِمن اوس
آزادی بڈٕ پسند۔ تِم ٲسۍ نہٕ پننین اَزکین ہندوستٲنۍ زُرین ہیو
یِمن ہمت سیٹھا کم چھےٚ تہٕ آزادی راونٕک پُچھکھنہٕ احساس تہٕ۔
پرٛانین آرین اوس بے عزتی یا غولٲمی کھوتہٕ موت بہتر باسان۔
تِم ٲسۍ جان لڑاکو تہٕ۔ سائنسیُک تہٕ ٲسکھ کم زیادٕ پتاہ۔
زمین داری ہنٛز ٲسکھ واریاہ خبر۔ لہٰذا اوس تِمو قدرتی طور
زمین داری سیتۍ سیٹھا محبت۔ بیٛیہ اوس تِمو ہر کُنہ تتھ چیزس
سیتۍ محبت یُس زمین داری منز مدد دِیہ ہیکہ۔ گٲوی دٔری یا وٲسۍ
تِمن آب دوان نوے ٲسکھ ماہتھ تہٕ تِمن ٲسۍ پننۍ گٲوی دوس
تہٕ خاطرخواہ مانان۔ گاو تہٕ داند اوس تِمن زمین داری منز تہٕ عام
زندگی منز سیٹھا مدد دوان۔ گاو ٲسکھ دودٕ دِوان۔ اَتھ اُس

بڈ قدر پوان کرنہٕ۔ لیٚہذا اُسہِ تمہِ خاص کرِ بمن حیوانن رچھان تہٕ پہنٛد
قصیدہٕ اُسہِ گیوان۔ اَمہِ پَتہٕ وارِیاہِ کٲلی گو لوٚکن گاوٕ ہنٛدِ بجرُک
اَصل وجہ مُشخص۔ تِمو ہیٚیٚژ اُمس پوٗزا کرٕنۍ، زَن تہٕ اَمہِ سیٚتۍ اوس
کٲم تِمِس فٲیدٕ واتان۔

چونکہ آرین اوس پَنہٕ نِس پانَس پیٚٹھ بڈٕ فخر، تِمہِ اُسہِ
باقے ہندُستانکین روزَن والین سیٚتۍ رلنَس کھوژان۔ تَوے
بنٲوی تِمو اَمہِ رلنہٕ نِش بچنہٕ خاطرٕ قونوٗن تہٕ قاعدٕ۔ کانٛہہ آریہ
ہیٚکہِ ہے نہٕ غٲر آریہ ہتیس سیٚتۍ کھاندر کرِتھ۔ وارِیاہِ کٲلی پتہٕ پیہ
پیٚیہِ ذات پاتُک فرق۔ ووٚنۍ چھُ یہِ بلکل مذاق بنیومُت۔ کیٚنٛہہ لوٚکھ
چھِ کٲنٛسہِ اَتھ لاگنس یا کٲنٛسہِ سیٚتۍ کھینس چینس تہٕ کھوژان
خوش قسمتی کنہِ چھےٚ ووٚنۍ یہِ وارٕ وارٕ کم گژھان۔

●

# ۳۴۔ رامائن تہٕ مہابھارت

ہِندوستانس منٛز ویدَن ہٕنٛد زمانہٕ پَتہٕ یعنے وید لیکھنہٕ پَتہٕ
گوٚو "جنگہ زمانہٕ" شروع۔ اَتھ چھہِ اَوہِ سیٚبہٕ جنٛگہٕ زمانہٕ وَنان تِکیازِ
اَتھ منٛز چھہِ زِ زیٚٹھۍ جنٛگ نامہٕ لیکھنہٕ آمٕتۍ۔ جنگ نامہ گوٚو شہ
زیوٚٹھ یا اَتھ یتھ منٛز بٔڈ ین ہیرو ہٕنٛز دلیل آسہِ۔ تِتھۍ چھے
پَناہ زِ بیٚمہٕ زِ کِتابہٕ چھے رامائن تہٕ مہابھارت۔

اَتھ جنگہ زمانس منٛز پھٲلیہ آریہ ساروٕے شمٲلی
ہِندوستانس منٛز وِندھیاچل بالَن تام۔ میٚنٛ وَنٛنے تِمَو زِ اَتھ
سارِسے زمینس اُسہ "آریا ورتا" وَنان یُس از یو پی چھہِ۔ تتھ اُسہ
مدھیہ پردیش یعنے مُلکُک مَنٛز یُم حِصہٕ وَنان۔ بنگالس اُسہ
تیٚلہ "وِنگا" وَنان۔

اَکھ دلچسپ دلیل چھے یوسہٕ تِمَو بَڑٕ خوش گرٛٲھی۔ اگر
تُہۍ نقشہٕ وُچھکھ تہٕ کرکھ اَنٛدازٕ زِ ہِندوستانس منٛز چھہِ "آریا ورتا"
ہمالیہ ہَس تہٕ وِندھیا بالَن منٛز باگ اوسمت۔ تُہۍ کرکھ اَنٛدازٕ یہٕ علاقہٕ

چھُہ ژٔندرٕ ہیُو اوس مُت۔ اَدے آسہٕ آریاورتاہَس، "زٕوٕنہٕ ہٕشِر زمین"
تہٕ وَنان۔ "اندو"[۱] لفظُک معنے چھُ زٕوُن تہٕ "آریاورتا" گیاو "اندودھرتی"۔

آریہٕ ہِتھ اوس ژٔندرٕ بڑٕ خوش کران۔ یِتھ جایہٕ ژٔندرٕ ہٕشِہ
شکل آسہِ ہے نظرٕ آسہِ تِم خاص پاٹھۍ مُقدس مانان۔ شہنٛدرٕکۍ
بڑۍ بڑۍ شہر مثلن بنارس تہٕ آسہِ ژٔندرٕ ہٕشِس شکل بناوان۔
ژٕ ییٚ چھِیا خبر زِ چھُس ہیٚرتِن پیوان زِ گنگایہِ چھےٚ الہ آبادس نِش
ژٔندرٕ ہٕشی شکل بنے مٕژ۔

ژٕ ییٚ چھِیا خبر زِ رامائن چھےٚ رام ژٔندرجی ہیٚنز تہٕ سیتایہ
ہٕنٛز دلیل۔ بٔیِہ چھُ اَتھ منٛز لنکا (یِتھ اَز سیلون وَنان چھِہ) کِس
بادشاہ راونس سیتی جنگُک حال دَرج۔ آریہ اصل کہانی چھےٚ
سنسکرتس منٛز والمیکی رِشی لیچھمٕژ۔ اَمیکۍ وارِیاہ ترجمہ چھِہ بیٚین
زبانَن منٛز سپدی مٕتۍ۔ سارِوے کھوتہٕ مشہور چھُہ ہندی بیس منٛز بینس
تُلسی داسُن "رام چرِتاوناس" مانہٕ یوان۔ اَسہِ چھُ وَننہٕ آمُت راما
منٛز یِ رام ژٔندرس چھُ جنوبی ہندُستانس منٛز واندرو مَدَد کوٚرمُت
تہٕ ہنومان چھُ واندرَن ہُنٛد بوڈ ہیٖرو اوسمُت۔ دراصل چھےٚ رامائن
سوہ دلیل یِتھ منٛز آریایَن تہٕ جنوبی ہندُستان کِین لوٗکن ہٕنٛد

---

۱؎ انٛدرایہ آسہٕ ٹاٹھنیار کیٚنہہ "اندو" وَنان۔

جنگُک حال چھُ۔ تِہُنٛد لیڈر اوس راوݨ۔ غالبَن چھِ واندر جنوٗبی
ہِنٛدُستانٕکۍ کرٕ ہینٛز لُکھ آسی مٕتۍ۔

رامایݨ چھےٚ رٕژٕ وٕ دلیلو سیٛتۍ بٔریتھ۔ مگر وُنی کیٛن ہیٚکےٚ نہٕ بٔ
تِہُنٛدِ متعلِق لیکھِتھ۔ ژٕ یےٚ پرٕنۍ تِمہٕ پانے پٔرِتھ۔

مہابھارت آیہ رامایݨ پَتہٕ وارِیاہہ کالہٕ وۄتھ دِس منٛز۔ یہ
چھےٚ زیادٕ بٔڈ کتاب، یہ چھِنہٕ آرین تہٕ دراوڈن ہینٛدِ جنٛگُک
داستان، بلکہ چھُ اَتھ منٛز آریاین ہینٛدِ پانٕہ وٕ اَکہ بٔڈ جنٛگُک حال
لیکھِتھ۔ یہ جنٛگ اوٚس کُرُکشیتر، لگیومُت۔ یہ عالی شان کتاب یتھ
منٛز کیٛتۍ خیال تہٕ رٕژٕ دلیلہٕ چھےٚ۔ بٔڈ کُنہ چھےٚ یہ زِ یہ
چھےٚ اَسہٕ سارِنۍ خۄش کران۔ تِکیازِ اَتھ منٛز چھُ سۄ اَکھ موٗلُل
پانٕہ یتھ بھگوت گیتا، وَنان چھِ۔

یِمےٚ چھےٚ تِمہٕ زٕ کتابٕ، یِمہٕ ساسہٕ بۄدٕ وٕری برۄنٛہہ
ہِنٛدُستانس منٛز لیکھنہٕ چھےٚ آمٕژٕ۔ کموٗ ساروے کھۄوتہٕ بٔڈ پو
اِنسانو آسَن یِمہٕ لیچھمژٕ؟ اگرچہ یِمہٕ سیٛٹھا برۄنٛہہ لیکھنہٕ چھےٚ
آمٕژٕ مگر یِمہٕ چھےٚ اَزتہٕ ہِنٛدُستانس منٛز زِنٛدٕ تہٕ ہر کانٛسہٕ شُرِس تہٕ
چھےٚ یِمَن ہُنٛز زان۔ ہر کانٛسہٕ بٔڈِس اِنسانس چھُ یِمو پیٛٹھ اَثر
ترٛوومُت۔

